دماغس منز چھپے خیالاہ زِ بار بار گگھے لگنہٕ چھ کنہٕ تہٕ اثر گۆھان۔ میأنس دماغس کیا زِ گۆھہِ نہٕ اثر؟"

تمی ساتہٕ نیٚون منجنتھ تہٕ کوشش کرنک فأصلہٕ۔ اتھ فأصلس پیٹھ عمل کرِتھ بنیٚو وکہے کأٹی یہِ مۄڈلڑکہٕ اکھ تھۄد عأِلم۔ یۄتاہ زِ رُوحأنی علمس منز اوس أمِس کھالے کأنہہ جورٕ۔





توحفہٕ تہٕ نذرانہٕ چھُ لوٗکٹ تہٕ بۆڈیاں زِ موموٗلی تہٕ موٗلُل

اۆک طرف ترٛ اَوِتھ تھۆد درجہِ تھاوان۔ (ناموٗلوم)



وۄتھ سہ تھۆد بابا! وۄتھ تھۆد۔ ژٕ کیازِ چھُکھ تہٕ پاُٹھِرٕ مےٚ بژ وۄنہہ کنہِ

نمان۔"

گاندھی جی وۄتھ اَکِس بُڈ قبایٔلِس یُس سبٹھے غریب اوس

باسان۔ تھۆد ووتھانےٚ ترٛ ووُٹھ گاندھی جیس کھورن تل اکھ پاٗنسہٕ۔

گاندھی جی گووٕ یہِ نذرانہٕ وُچھتھ زیاد ے حاٗران۔

"باپو جی! یپلہِ اَسی مندرس اژان چھِ اَسی چھ دَیہ سندِ ناوِ کینژٕ هاه دِوان۔

بامےٚ سہٕ موموٗلی رقمے اَسی تن"۔ پتہٕ لۆگُس وبژھہٕ ناوِتھ وننہِ "تُہۍ تہٕ چھُو سانہِ باپتھ

تھٕدی مَنُش ۔ تَوے زون مےٚ توٚہہِ یہِ پأنٛسہٕ پیش کرُن مُنأسِب ۔ اسہِ دی تو آشر واد" یہِ وٕنِتھ نَمیٚو وسہٕ بیٚیہ اکہِ لٹہِ گاندھی جیس برٛ ؤنٛہہ کنہِ۔

گاندھی جین کوٚرٛنس اسان اسان مخولہِ "میٲنہِ دوستا۔ بھگوانہٕ ہِنٛدِ پاسہٕ وَنتم ۔ بہٕ کیٛاہ کرٕ چأنٛس یتھ اَکِس پأنٛسس ۔"

"باپو جی ۔توٚہہِ نِش چھ واریاہ غریب یِوان ۔ یہِ دی تو تس شخصس یُس میٲنہِ کھوتہٕ غریب آسہِ ۔ امہِ علاوٕ کیٛاہ ہکہٕ بہٕ پنٛنہِ کھوتہٕ غریب لُوکن ہٕنٛدِ باپتھ کٔرِتھ "۔

گاندھی جی گو وأمِس دِلہِ بڈِس غریبس کُن وُچھتھ خوش تہٕ تٔمِس اوس بُتھ پژ بزلان۔





قومی عزّت چھُ انسانس پنٕنہِ عزتہٕ کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ آسان۔ (دپیٹ)



شیخ محمّد رفیع آو وِلایتہٕ پٔتھٕ آیی۔سی۔ایس کٔرِتھ۔کُنہِ سرکأری عوہدس پٮ۪ٹھ تقرری برٕ وٕنہہ اوس آیی۔سی۔ایس کرن والین یِتہٕ اکھ تحریری امتحان پاس کرُن پیوان۔

تَمہِ پٮ۪ٹھ رسوالنامہ برٕ اِحتیاطہٕ سان۔اماتس کھوٚت ہنگہٕ منگہٕ سخ شرارتھ۔ کیڈٕن ۔منٛتٕن توگ نہٕ تس بوزُن زِ سُہ رکتھہٕ دِیہ یِمن سوالن جواب۔تِکیاز،شرارتھ کم گژھنہٕ بدلہٕ گو وتس اتھ زیادٕ ے ہُر بر۔

سوالنامس منٛز اوس أکِس انگریزی پیراگرافس مادری زبأنی منٛز ترجمہٕ

کرُن۔ یتھ منز ٚ یمیٚ اُکی جُملن شیخ محمد رفیعس نار گوٚنڈ۔ ''''ہِندوستانٔی سپہٕ چھ عام پأٹھی بددیانت آسان۔''

شیخ محمد رفیع وۄتھ ژکھہِ ہوٚتےٚ تھوٚد تہٕ دِژن سُپر وایزرس برٕ کرٕ یکھ ''تُہی ای تو یُوری تہٕ یہِ سوال ژأڈی تو یمہِ منزٕ۔''

سُہ وۄتھس درجواب ''یہ جُملہٕ چھُ زأنتھ مأنتھ تھاونہٕ آمُت۔ امہِ کہِ بدلاونک چھُنہٕ سوالے۔ اگر ژٕ یہِ سوال حل کرکھنہٕ ژٕ کتہِ ہیککھ پنُنہِ مرضی ہُنٛد عوہدٕ حاصِل کرِتھ۔''

یہ بُوزِتھ ژُھن شیخ محمد رفیعس سوال نامہٕ ژٕٹھ تہٕ یہ وٕنتھ دڑ اوامتحان ہالہٕ منزٕ۔ ''پنٕنین ہم وطَن تو ہمتھ لاگنہٕ کھوتہٕ چھُ فاقہٕ مرُن جان۔''





یَس نہٕ پنہٕ نِس پانس پیٹھ پڑھ آسہِ تَس چھ سأری گال کھاتس
ترٛ اوان۔ (سَر فِلپ سِڈنی)



پنڈِت اومکار ناتھ ٹھاکُر اوس ۱۹۳۳ ءٕ یَس منٛز وِلایت (لنڈن)
گومُت۔ سُے پنڈِت اومکار ناتھ یُس تَتھ وَقتس منٛز ہِندوستأنؠ سنگیت کارٕ ہِندِ
ہُنٛیتہٕ کُلہِ عالَمس مشہور اوس۔ توٚت وأتتھ کوٚر ہِندوستانٕکی ہایی کمِشنرن أمِس مایہِ
بوٚرُت استقبال۔
دوٚیمہ دوہہٕ ییٚلہِ تِمہٕ سۭمکھی ہایی کمِشنرن دیُت تِمس مشورٕ زِ سُہ رٔنٛزِ نأوِن
امہِ مُلکہٕ کیوٚ تھد عوعوہدٕ دارٕ وپیٹھہِ عام لوٗکن تام سارِنے پنٛنہِ سنگیتہٕ ستۍ۔

''لہاذا۔۔۔۔'' ہایِ کمِشنر رُود وَنان

''لہاذا۔۔۔۔کیاہ۔۔۔۔''

''مثلن۔اگر تُہؠ ہز ہایِ نس جارج پٔنژم سنٛدِس دربارس منٛز تِمس سمکھوتہٕ

سُہ پتہٕ لُوبہِ وِنہٕ فنہٕ ستی رٔژ ویٚژن سُہ کرِ۔۔۔۔''

''سُہ کیاہ کرِ۔۔۔۔؟''

''مہراسُہ کرِ توہہِ ''رائے بہادُر'' خطاب عطا'' ہِندوستأنی ہایِ کمِشنر

وۄتھس۔

''مگر تِمی ماچھ مےٚ دعوت دیِتُمت۔توہہِ چھا باسان زِ بہٕ سأنی گرٛتھ بوزِ

ناون سُہ پٔنُن سنگیت تہٕ اُوِ تو میأنی کتھ،دوٚیم کانٛہہ فن کار تہِ کریا یِژھ کأم'' پنٛڈت

جی سُنٛدِ یہِ جواب بُوزِتھ گو وسہٕ دَم پھٹٕرِ۔

پنٛڈِتھ اومکار ناتھ ٹھاکُر رُودُس وَنان ''یاتہٕ گۄژھ پادشاہ سلامت

ہِندوستأنی کلاکارس پنہٕ نِس محل خانس منٛز دعوت دیُن۔یِیلہٕ نہٕ تِس کلاکار ٹارِ

کھسِہ،کلاکارس کوسہٕ مجبوری چھ۔مےٚ گٔتھ چھُ ''رائے بہادُر'' خطاب بکار۔میےٚ

نِش چھُنہٕ اتھ کنٛہہ حسر۔میۆن فن چھُ تہٕ لُوکن ہِندِ باپتھ تہٕ روزِ تہٕ۔''





ایمانداری سان سخ محنت چھ عزت بخشان۔ (کلبولینڈ)



گرونانک چھ پننس نچوس بڑ وٹھہ کُن اَنتھ ونان ''گوٚبرا! گرِٹھ گاوگان کرصاف۔ تِکیازِ میۍ گوٚو ازیہِ مشتھے''۔

تمۍ اوس کیہہ کال بڑ وٹھہ شڑان گرِتھ پکو بدلاوی اتھ۔ اِ کنز اوسنہٕ سہ یڑھان پکو خراب گرِھنہٕ موکھہٕ گانس منز اژُن۔ سہ وۄتھ مائِلس درجواب۔

''میۍ چھ گُردوار سلام کرنہٕ گژھُن۔ لہٰذا گرٹھہٕ بہٕ صاف پاک آسُن''۔ یہ وَنتھ گوٚو سہ گُردوار۔

گُروہَن اون پنُن اکھ ژاٹھ (چیلہٕ) انگد ناد دِتھ تہٕ اَمس وۄنُن گاوگان صاف کرنہٕ باپتھ۔ تمۍ کوٚر کلہٕ نوٚمراوِتھ حُکمس تامیل تہٕ گوٚو گانس صفائی کرنہٕ۔

دوِیمہِ دوہہِ کۆر گۆرو نانکن اَکِس بڑٕس لوکہِ ارساتس بڑ وٚنہہ کنہِ اِہنٛدِ (انگد سٕنٛزِ) جانشینی ہُنٛد اعلان۔ رِوایتہٕ موجوب گۆژھ نچُو ماَلِس پتہٕ گۆروبٕنُن۔ امہِ کِنۍ گےٚ نانک سٕنٛدی پاَروکاراتھ پیٚٹھ سَخ حاَران۔

یێلہِ گروسٕنٛدی ژاٹھ اِہنٛزِ کتھیایہِ منٛز ژاے تمومنٛزٕ کۆراَکی سوال ''گروجی! توٚہہ کیازِ پھُٹراَو وپزاَنی رہت تہٕ انگد بنووُن پنٕن جانشین۔''

''تِکیازِ میٚے باسیوٚ وانگد پنٕنس نچوی سٕنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ موزُون۔ یُس انسان گاٗوگان صاف کرنس نگھ مُورِسہ کتھہِ ہیٚکہِ سماج صاف کٔرِتھ۔''





تلہٕ باسٔنۍ توتہٕ وُچھِو تو! بأے بارنبن ہُنٛد اکھا کس ستی
سمہٕ ژارِ تہٕ مِلہٕ ژارِ سان لسُن بسُن کوتاہ رُت چھُ۔
(انجیل مُقدّس)



ازبۍ وُنہہ ساس وٕری پیٛٹھی وٕتھی الہٕ پلہٕ پنٛژاہ نفر گجراتہٕ کہ سنجانہ جایہ جہازٕ منٛزٕ سوٚ درِ بٕٹھِس پیٹھ۔
سنجانہ کوٚ بسکینو وُچھ یمہٕ تہٕ اکھ بڑلو کہ جماتھاہ گیہ وہ پرتہٕ وٕبھتۍ انسان وُچھتھ یمن أندی أندی جماہ۔ أہنٛدِ اور واتنۍ خبر پھٕہلییہ نارِ کرٕ یکہ ہش سأری ہے شہرس۔ یوٚ تام زِیہ پٕچھی واژ سنجانہ کس مہراج جاڈی رانا ہس تام، مہراج آوتمی دمہ یمن سمکھنہٕ باپتھ۔

اُہُنْد زیٹھ واڈا دستور جی وۄتھ اشارن تہٕ اڑٕ گری مڈٕ گری لفظن منز مہراجس ''حضور اَسی چھ ایرانہٕ پیٹھہٕ آمِتی ۔ تِکیازِ اَسی گے تتہٕ کس نۆس پادشاہٕ سٕندِ وبھہتہِ وبو ہارٕ کنی چور تہٕ یُس نہ اسہِ آرامہٕ امنہٕ تہٕ آزٲدی سان پنُن مذہب پالنہٕ چُھ دِوان ۔ تہٕ اَسی گے پنُن وطن ترٛاونس پیٹھ مجبور ۔ وون چھ اَسی تُہنٛدِس سایس تل یور چھپنہٕ آمِتی ۔''

مہراجن پلہٕ نو وٲمس اکھ دودٕ بۆرُت گلاس ۔

واڈا دستور جین رَلو واتھ کھنڈ تہٕ پلہٕ نو ونس یہ ونان وانپس ''اَسی رَلو پانہٕ وٲنی بلکُل تیٚمی دودٕ کی پاٹھی ۔ یہ دود بناوَ میوٗٹھ تہٕ مۆدُر ۔''

تمن اَسنہٕ امہِ کھو تہٕ کانٛہہ بڑٕ سفارِش بکار ۔ تمی دوہہٕ بنیے یمہٕ (پارسی) یٚمہ قوٗمکہ تہٕ سماجکی اَژھن حِصہٕ ۔



# ہاوَس

کرٛ بکہٕ نادتہٕ ژلہٕ لارِمنٛز پکھ نیٛزمی سان تہٕ وُچھی وُچھی

چاۓنٛ ژھوپہٕ بنہِ چُون سکون تہٕ راحت

پتُٔن اوٛنٛدُر رباوبآنہٕ بآنہٕ امالوٚت لوٚت

بیٚین ہنٛزن کتھن تہِ تھاوکن

بامے تمہٕ مُڈَے کیاہٕ زِ آسن نہٕ

تِمن تہِ چھُ کیاہ تام أنٛد رِم بناوتھ باوُن آسان

پتُٔن لول تہٕ شفقت ہاونس مہٕ کرہاوٕ باو

پننہٕ اتھ لول ورتاونس منٛز وُژھ تہٕ وُتاولی کرَکھ

تِکیاہ زِ ژھوکس تہٕ ترٕٛرس چھُ دوکھ آسان

سمبٹھاہ سُو نِچتھ رَٹھ وَقتٕچ نصیحت

یُس ڈکہٕ مُژ رِتھ تہٕ وژھہِ وأنجہِ رأوی مَتۍ ژِہۍ

راوُن ژالان چُھ

پننہٕ نس حوصلس تہٕ توژھہِ دِپھاہ

یُتھ سُہ پننہٕ والہِ غأیلہٕ وِزِ سپر بنی

پنُن پان مہٕ کرو ہموٗ ستۍ دوٚکھہٕ زدٕ

واریاہ وَہم چھ تھکنہٕ تہٕ بدُون آسنہٕ ستۍ وۄتلان

ژٕ چُھکھ فطرتہٕ چہٕ کو چھہِ منزٕ اکھ شُر

پھولہٕ وِنوٗ پوشوٗ تہٕ زوتہٕ وِنوٗ تارکو کھوتہٕ نہٕ کُنہِ رنگہٕ کم

اتھ چُھنہٕ شکھے زِیہ کأینات چھ تیژاہ شفیق

یُوتاہ اسُن پزٕ بس

ژٕ روز فطرتہٕ کس مأیلکس تہٕ رأچھی درس ستۍ

امنہٕ سان

بامے ژٕ یمہٕ یژھ تہٕ یقینہٕ سُہ پرٕزناوٕہن تہٕ تمہٕ

ادٕ یُس خیال ژٕ یٚے أسی تہٕ سُہ

زِندگی ہِندِ س یتھ انتشارٕ برٔی تس کرٕ بکہٕ نادس منزٕ

روز پُرسکوٗن

تہٕ امنہٕ سان

ژٕیے باسی

دَغلٕ دُوزِ بیٚے وسأہ تہٕ اۄ ژھٕ اَسِتھ

یِہ دُنیأہ سبٕھأہ مأرِ مۄنٛد تہٕ ننٛدٕ بُون





گُنہِ قومچہ یافردِ ہندِ تہذیب یافتہٕ آسنٛج ازمأیش چھ فقط تِہنٛزِ
ژالنہأری ستۍ سپدان۔ (آرتھر ہیلپس)



"ولہ سأ میأنہ دوستا! ولہ بیٚہہ" پیری کلیز (pericles) ووٚتھ أمِس شخصس یُس أمِس خلاف ناراوس چھکان۔ پیری کلیزن کرے یہ أمِس شرارتھ وانٛچ سنٛز کوشش۔ تمۍ کور تس بیٚیہ زارٕ پار ز "ولہ بیٚہہ میٚنۍ نش یہ وَنِۍ سأرے دلیل یتھ ژیٚنۍ سوزرے ملالہ نیری۔"

پوٗ زامہ زارٕ پارک گوو نہٕ أمِس شخصس کانٛہہ اثر۔ بلکہ یہ پیری کلیز ہندِ تحاونہ ستۍ رُودنہ زیادٕ کھیٚرِ نی کھسان۔ نہ اوس أمِس بےعزتی کرنس تہٕ لکہٕ ژارنس پتھ ہوٚل گنڈتھ۔

یہِ اوس سُے پیری کلیز تیمہٕ تَتھ وقتس منز اتھنز (Athens) تھدِس مقامس واتناونہٕ باپتھ پٔنٕن سورُے کینٛہہ داوس لوگمُت اوس۔ یہِ وُچھتھ لٔگی اَندی پکھ نوکر چاکر پننہٕ نس آغس وننہِ "سرا گرتُہہ اجازت دِیو۔ اَسی کڈون یہِ وُنی دکہٕ دِوان نبر۔"

پیری کلیز وۄتھکھ اطمِنانہٕ سان "دِیو اَمِس یڈ بٔرتھ کرٛ بکہٕ دِنہٕ تِتِس کالس دِیُوس لکبہٕ ژارنہٕ تہٕ پامہٕ دِنہٕ تِتِس کالس اَمِس ہوٚٹ لگہِ" گنٹہٕ وادن رُودیوٚ ہے حال تہٕ پیری کلیزن دیُت نہٕ اَمِس کانٛہہ جواباہ۔ اَخر تھوٚک یہِ شخص پانئے۔ دوہ اوس کرتام لُوسمُت تہٕ شام اوس ژیر گومُت۔ نبری کُنی اوس انہِ گوٚٹ پھیوٚرمُت تہٕ یہِ شخص درٛ اوگرِ۔

پیری کلیز وۄتھس "تُھہر سہ دوستا! بہِ دِمے نفر لالٹین ہتھ ستی یُس ژیٔے گرِ تام واتہٕ نأوی"

یہِ بُوزِتھ وۄتھ اَمِس وۄترِ بٔتِھ۔ یہِ پیوٚو پیری کلیزس پرٛن تہٕ ہیٔونس وژھہِ وأنجہ مأفی۔





ترجمہٕ: میٚے چھُ تمام القابو تہٕ خطابو منزٕ اَکھ خطاب قابلِ رشک باسان سُہ گوو "دیانت دار انسان" (جارج واشنگٹن)



خان بہادُر دین محمد ن أنی پنہٕ نِس مرحوم مالِکہٕ سُندی تمہٕ سأری نفرنا دِتھ یمن ہُنٛدِ سُہ قرض دار اوس یُتھ تِہنٛد اَکھا اَکھ پأنسہٕ نکھہٕ وألِہ ہے۔

تمِس ووٚن أکہ دوستن "یہٕ رقم نکھہٕ والنٕی اوسنہٕ ضروری تِکیازِ چون مول اوس عدالتن بڑ وٕ نہٕ ہے دیوألی زد مونمُت ۔ لہاذا چھُکھنہٕ ژٕ یُو تاه بوٚڈ رقم ادا کرنٕک پابند" خانٕ بہادُر سُند مول اوس دولت مند آسنس سٟتی اکھ سخی تہٕ اتھہٕ مُسٕٹ انسان ۔ تمی کوٚر پنہٕ نِس أکِس دوستس اتھ حدس تام مدد زِ سُہ پیٚو وپانہٕ اتھہٕ چھونرِس منز تہٕ أخرس کرٕنووُ تمی عدالتہٕ کہِ ذٕرئعہٕ پنُن پان دیوألی زدٕ ثابت ۔

دین محمد بنیاوا کھ کامیاب وکیل تۍ اُمی کماوسبٹھاہ دولتھ۔ سۍ اوس نۍ صرف پننۍ خانٛدانکۍ دبوٲلی زدآسنک داغے یوت مِٹاوُن یژھان بلکہ اوس قرض دارن ہُنٛد اکھ پاٲنسۍ نکھۍ والُن پنُن اخلاقی فرض زانان۔ خان بہادُر وۄتھ پننۍ نِس دوستس "اوِ ژھکھ پۆز ونان۔ اما قونونٕے یوت چھنۍ زنٛدگی ہُنٛد وتۍ ہاوُکھ۔ میانۍ خیالہٕ چھ دیانت دٲری سارِوے کھوتۍ بڈ نیکی تۍ اصول" پتۍ وۄتُھس دَرِ رسان "اخلاقی قاعِدٕ چھ ہمیشہٕ قونونی قاعِدٕ کھوتۍ تھۆدتۍ بالا آسان"





اے رحم کرن والہِ خدایہ پننہِ رحمکہِ برمژر منیون رُح چھ بدنہٕ کیو
تہٕ ذیٖہنہٕ کیو آکھوٕ کنہٕ ژریٖ ژھاران۔ (شیکسپیر)



سوأ س پیرس چہ تمہِ جمأ ژہنٛد بوسخ بدنام لیڈر ومنٛز بدترین زنانہٕ ییمہِ جمأ ژ
ہُنٛد دَبدبہٕ منٛز مارچ پیٹھہٕ اُخر مئ ۱۸۷۱ء تام چلہٕ وُن رُود۔ تمہِ اُسۍ شدید جُرم
کُری ہتۍ۔ 'لویی میشل' ناوی امہِ زنانہِ اُسۍ واریاہ مکان زالہٕ ناوی ہتۍ تہٕ سیٹھاہ لوکھ
مارٕ ناوی ہتۍ۔ تمہِ اُسۍ درجن واد گرجہ نارٕ بزی کرٕ ناوِ ہتۍ، واریاہ پادٕ رۍ قتل
کرناوی ہتۍ۔ سوأ س تہذیب یافتہٕ دُنیہس منٛز خود راہٕ فطرتچ ووکھہٕ مِثالاہ۔
کمیٔون سلطنت ختم گژھنہٕ پتہٕ آیہ سورٹنہٕ تہٕ کیٔژن وٕری ین قاد کرنہٕ۔ قادٕ

منٛز نیرِنہٕ پتہٕ اَس سوٗ اَکِس اَکِس پوٚنسس موحتاج ۔ زٕ و َکنٛز اڈٕ لیچ تہٕ پرٕ ژھینٛز گاٚمٕژ ۔ تِمس اَسنہٕ ووٚں مذہب کہِ سایہ ورأے کُنہِ چھپن جاے ۔ یُس تباہ کَرنس کانٛہہ وایہ برنہٕ ورأے تٕمہِ ۔ گرجن نار دیٚتُمت تہٕ پاڈرٕ مارِ ناٗوِ ءمتیٚ اَسی ۔ تِمس آیہ اَکِس عیسأے خانقاہس منٛز کم کاسہٕ نوکری دِنہٕ ۔ یِیتہٕ تَس کھیٚنٛز میٖٹ ، نأکی زٕٹ تہٕ چھپن جاے بیٚٹے یہ ۔

امہِ کنٛز پھیوٚر تٕمی سُنٛد دِل مذہبس کُن ۔ تہٕ وٕں اَس روزانہٕ اجتمأعی عبادتس منٛز شأمِل سپدان ۔

اما وارِ وارِ گووتس زٕ وسوران یُوتاہ زِتس اَس نہٕ کامہِ کارس سُنٛب تہِ ہکتھ رُوزمٕژ ۔

سوٗ ییٚلہِ مرن سرٕ وأژ ۔ تِمس ووٚن اکہِ ننہِ (nun) وِں کرٕ ژ مرنہٕ بزٕ وٕنٛہہ رحم کرٕ وِنس خدایس کُن پنٕنہِ مغفرتہٕ باپتھ دُعا ۔"

"سسٹر ! میٚے چھِ خبر زِ میٚون پوٚت کال چھُ سبٹھاہ وأناکھ ۔ پوٚز میٚے چَھ پٔژھ زِ میٚأنی گوناہ چھنہٕ خدایہ سٕنٛدِ رحمتہٕ کھوتہٕ زیاد" ۔





سائینس بِتہ چھُنہٕ پیٚیہ گُنہِ نیک عملہِ ہنٛدؠ پأٹھؠ تھدِ کھوتہٕ تھدِ انعامُک حقدار أستھ بِتہ اتھ آویزٕ روزان۔

(سائینس دان بِتہ چھ خدادوستن ہنٛدؠ پأٹھؠ گُنہِ دُنیأوِی ہاوِ باوِ نِشہِ بے نیاز آسان)



عظیم سائینسدان ''البرٹ آین سٹایئن'' أس دُنیاہ کِس سأری ہے مال جادادس لٔتھ دِژہِش۔ یتھ منٛز سُہ بجرتہٕ تھزرتہِ شأمل چھُ یُس أسی تٔمس دِوان چھ۔ اکہِ دوہہِ دِژ أمِس عالمکؠ أکی امیر ترین انسان ''راک فیلرن'' پانٛژتاجی ہن ڈالرن ہنٛز چک۔ آینسٹاینن گٔر یہِ چک کتابہِ منٛز نِشانہٕ تھاونہٕ رٔنگی استعمال۔ یہِ سنیأوِ ےنہٕ زِ نقدِ رٔنگی کیاہ چھُ اتھ چکہِ مول۔ اِتھہِ کُنٛز رُود یہِ سبٹھاہ بڑٕ رقمہٕ وول

کِتابہٕ نِشانہٕ اُمِس مشہور سایٔنسدانہٕ سٕنزِ لایبریری منٛز واریاہن کتابن منٛز بدلان۔ اٰخر ووت سُہ دوہ تہٕ ییٚلہِ یہِ چکھ یا ڈٔلِ تو کتابہٕ نشانہٕ کتھ تام کُن لوٚگ تہٕ اند ہیٚتھے راٰو۔ اکہِ دوہہٕ پیٚو وأرٕ سٕنزِ آشنہِ (مسز آین سٹاینہِ) یادتہٕ تمہِ پُرٛژھ خانٛد ارس اتھ مُتلِق تمۍ دیُتنس جواب ''کیاہ چھم خبر۔ آسہِ کتھ تام کِتابہٕ منٛز رُوزمٕژ۔''

پتہٕ وۄننس سادِگی سان ''وٕں کیاہ چھُ اکہِ کتابہٕ ہٕنٛدِ موٗمولی نشانٕچ فِکر ہیٚنٛز۔ بناوتہٕ کُنہٕ تِنس گتہٕ پیٚسس بیاکھ نشانہٕ۔ امہِ سٟتۍ تہٕ چلہِ کاٗم۔''

امہِ پتہٕ کیاہ کوٚر یاوٕن مِسز آین سٹاینہٕ تہٕ چھنہٕ خبر۔ نہٕ چھ خبر مِسٹر راک فیلرن کیاہ کریوو۔ اما یہِ چھُ شبقہٕ زِ تمۍ آسہِ (Book Mark) (کتابہٕ نشانہٕ) ناٗوی ناولہِ مُتلق ضرور بُوزمُت۔ ییٚمیُک موٗل تُمے پانٛژتاجی امریکی ڈالراٰسی۔

یتھ کتھہِ چھُنہٕ انکار زِ سایٔنس یا بیٚیہِ کُنہٕ رٕژتہٕ تھزِ کامہٕ ہُنٛد اند واتہٕ نُے چھُ امیُک ینامہٕ آسان۔ ییٚمہِ سٟتۍ منُک حدٕ روٗس سوکون تہٕ دِلچ خوٗشی حاصِل چھَ سپدان۔





آنٚچ ہور نچہِ خۆشیہ چھُ اَکھ دوہ نیران ۔ اما معاف تہٕ درگُذر کرنٚچ خۆشی چھ ہر ہمیشہ پوشہٕ وُز آسان ۔ ( نامولوم )



بُرٛوٹس ہنٛدِ دٔسۍ آخرس پیٹھ قتل سپدنہٕ بروٗنٛہہ آیہ سیزرٕ ہنٛدِ مارنچہ وارِیاہ کوٗشِشہِ کرنہٕ ۔ سِناٹوٕ اَکھ سینیٹرن (senator) تہٕ کریہ اِژھ اکھ کوشش مگر سیزرس کانٛہہ زکھ واتہٕ ناونہٕ بروٗنٛہہ آوسُہ رٹنہٕ ۔ سیزرن سوٗنٛچ سیٹھاہ سنٛجیدگی سان زِ سُہ کُس ہیٚوٚ نہیہ تھاون وول سزاہ دِیہ سِناہس یُتھ نہٕ سُہ دُبارٕ یژھ ہش حرکت کرِ ۔ تِمس وٕژھ پنٛنٕ آشِنٛزٕ دِل ملول گرٕتھ '' ٹاٹھِ سیزرٕ ! کیاہ دلیل چھِ ؟ تٕہ کتھ چھکھ سنیامُت ؟ ''

'' میانہِ مارنٚچ آس بیٚیہِ اکھ ژوٚے آمرٕ کرنہٕ تہٕ 'سنا' اوس اتھ منٛز بروٗنٛہہ

بڑ وٕنِہ۔"

آشنیٚ وٕژ ہس "واہ یہ گو وسبٹھاہ کوپاٹھی۔"

"یہ چھُس افسوس لایق کتھ ییٚہ ییٚلہ سنا ہس ہیُو انسان اِژھ ذلیل حرکتھ کرِ۔ اِدبہ تہٕ چھڑن نہٕ کُنہ صُورتہٕ۔" آشنیٚ لُجس وَننہِ "ژیٚ چھیہ بہتھ زِ تِمس سزاہ دِنہٕ ستی گژھن یمہٕ ژ ویہ ختم۔"

"جانِ من! چون مطلب کیاہ چھُ؟"

"بہٕ چھس سوٗنچان ژےٚ کرے یتھ بڑ وٕنِہ تہٕ مُجرِمن سزاہ دِتھ اتھ روٗٹ کرنٕچ کوشش اماامہ، ستی ییٚہ نہٕ کاہنہ فرق تہٕ یمہٕ بدلیٚ نہٕ۔"

سیزرلوٗگُس حارانی سان وِننہِ "تیٚلہِ کیاہ پزاسہِ کرُن؟"

"ٹاٹھہِ سیزر! گژھ تِمس دِمافی۔ یہ نوٚ وطریقہٕ تہٕ آزماوو۔ ولہٕ وُچھو اتھ کیاہ نتیجہِ نیر۔"

سِیزرن دِژ سِنا ہس بلا شرط مافی۔ تہٕ سُہ بنیاو سیزرسُند سارِوے کھوتہٕ وفادار دوس۔





اکثر چھ اَسی یہِ سیوٚ دساد پزٕ رمٔشر اوان زِبٔین اتھہٕ رچھِنہٕ ستی چھ اَسی دراصل پانہٕ ہے اتھہٕ روٗٹ کران۔

(نامولوم)



پٔتی مہِ عام چناوِ وِزِ پانہٕ نوو اَکھ ووٹرن پننہِ علاقہٕ کِہن ووٚمیدوارن پرکھاوُنک اکھ نوٚو طریقہٕ۔

اکِہ لٹہِ کوٚر رأی راتھ کیُٹ اکِہ جمأژہٕ ہندِس پارٹی ووٚمیدوارس فون۔

"جناب بہٕ چھس تُہندِ ہے انتخأبی حلقس منٛز روزان۔"

"دسبٹھاہ رُت گوو۔ یہِ چھ میانہِ باپتھ خوٚشی ہنٛز کتھ۔ تُہۍ کتنتھ چھِو۔۔۔۔"

ووٚمیدوارلوٗ گُس پزٕ ژھہٕ گأر کرنہٕ۔

''جناب عرض چھُم، میأنس أکس ہمسایس چھُ نچُو سخ بمار۔ تُہئ أنو ناپنٕز کار۔ سُہ واتہٕ ناوٕ ہون أسی ہسپتال۔''

''میٚے چھُ سخ افسوس۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ تُہنٛد مدد کٔرتھ تِکیاز ِمیٚے چھِ ضروری کأم۔ تُہئ کیاز ِچھُو نہٕ ایمبولنس انہٕ ناوان۔''

دۆیمہِ دوہہٕ رُکاوأمی دوٚیمس أکس ووٚمیدوارٕ سنٛز کار۔ تہٕ کوٚرنس بزٕ ونہہ پہن لفٹ (lift) دِنہٕ باپتھ زارٕ پارٕ۔ اما أمی کوٚرنس صافٕ انکار۔ چھیکرس باسیاو أمِس اکٕے ووٚمیدوار رُت۔

''تُہئ نیر یونا مہر بأنی کٔرتھ نبر۔ تہٕ میٚے پکنٕ وہُتھ پیٹرول پمپس تام۔ تھ کارِ دِکہٕ دِنس۔''

یہِ ووٚن تٔمی ترٛیمس ووٚمیدوارس نیزمی سان۔ یہِ شخص وۄتھس ''اَدٕ کیازِ نہٕ'' ییٚلہِ تٔمہِ کارِنکھہٕ وأتی ووٹرلوٗکُس وَننہِ ''بَس جناب شُکریہ میأنی کارِ چھِ ٹھیک۔ بہٕ اوُسس فقط یہِ پرکھاوُن یژھان زِ ژٕ چھُکھا منأسب تہٕ بروسہٕ وول ووٚمیدوار۔ وٕنۍ چھُ چون ووٹ کم از کم اسہِ نِش محفوظ۔''





ییٚلہِ کانٛہہ انسان غمہٕ ہوٚت وُچھہن
نکھہٕ گرٕ ہِتھ کرُس دس بُوسہ
اَتھس منٛزٕ اتھہٕ رٔٹِتھ پرُٛژھس خاٗرٕ خبر
دٕپُس کیاٗ سہ بایا خاٗرٕ رے چھیا؟

(سر والٹر فارس)



-------------------- --------------------

اجمیرِ شریف درگاہِ چشتی چھُ ہندوستان کیو زیارت گاہو منٛزٕ سرٕس۔ اکہِ
دوہہٕ چھُ اَکھ تھوٚد ساز نواز اوٚت گوٚہان۔ تٔمۍ وُچھ اتہِ اکہِ دوہہٕ اکھا اوٚن سنگیت کار
اَیرن پانس کُن ظوٗن پھِرنہٕ موکھہٕ پٔنٕن 'دِلربا' (اکھ ساز) وائنچ یہ ڈٕلِ زِتہ سخ
کوشش کران۔ یُتھ سُہ تمن رٕنش کینٛہہ پاٗنساہ ٹو نکاہ وٹہِ ہے۔

سازنوازگوواٗمِس نِش تہٕ لوٚگُس وننہِ ''بابا! میٚے کُرِ زِماف۔ میٚے چُھکھ ژٕ پریشان ہیُٚو باسان۔ کیاٗہ دلیل چَھ؟ بہٕ ماہکٔے کانٛہہ مدد کٔرتھ؟''

''نسا بابا! میٚے ہیٚو کنہٕ وُنیُٚستام کانٛسہِ کینٛہہ کٔرتھ۔ اکھتُے چُھم ہٕژِس لوٚگمُت تہٕ یہِ دِلرُ بانٛتہِ چُھسنہٕ وانٛتتھ ہێکان۔ بہٕ اوسُس یہوے وانٛتتھ کینٛژٕھا زینان تہٕ پٔنن اوزقہٕ پَلہٕ ناوان۔ پوٚز باسان چُھم وِن چُھسکھ نہٕ زانٛیرتہٕ سانٛلانٛنی رنٛژٕ ناوِتھ ہێکان۔'' پتہٕ ووٚتھُس ووشاہ تژ انٛوِتھ ''بابا یٔرت کُرِ نے آغہٕ۔ چُون شُکریہ۔''

سازنوازن پرُژھنس میٚے چھا اجازت بہٕ کٔرِ ہانٛتھ واینہٕ ہنا۔ یہِ چُھ جان سازاٗہ باسان''۔

یہِ شخص ووٚتھُس ''اِدرٔٹو، یہِ چُھ میانٛنی مانٛلِی میٚے کیُٚت بنومُت۔ اما ژیٚے چُھیا تگان یہِ وایُن۔''

''اوٚکم زیادٕ چُھم تگان''۔ یہِ وٕنِتھ ووے اُمی یہِ تمہِ آیہ زِوٗہن مِنٛژن منٛز گَے اٗندٕ اٗندٕ بےشمارلولہٕ وانٛلی جماہ تہٕ لگی بوکہٕ بوکہٕ روپیہِ چھکنہِ۔

سازنوازن دیُت یہِ سوٗرے رقم سوٗنبر انٛوِتھ اعماہس تہٕ پانہٕ دژ اورَسے۔





خلقِ خدایس خدمت کرٕنۍ گیہ خدایہٕ سٕنز سارٕوے کھوتہٕ رٕژ عبادتھ۔ (نامولوم)



أکِس دوسہٕ دزٕوسہٕ وأنِس کوچس منز وؤتھ اکھ وتہٕ پکہٕ وُناہ أکِس شخصس ''مہربأنی کٔرِتھ ہاوکھنا میٚے غلام رسول تھدِ پایہ افسر کتھ جایہ چُھ روزان؟''

یہِ شخص وؤتھس ''میٚے چھنہٕ خبر زِ امہِ ناؤک شخص کتہٕ چُھ روزان۔ منزٕ وتم یہِ گُس گوو۔ میٚے چھُنہٕ ازتام أمِس مُتلق زانہہ بُوزمُت۔

وتہٕ گتن وؤننس درجواب ''سُہ چُھ اکھ تھوٚد دعائلم۔ یُس ساری ہے مُلکس منزٕ مشہور چُھ۔''

غلام رسول اوس کتھ تام جایہ دزامُت تہٕ سُہ اوس یمن نگھے یہ سوٕرے

بوزان۔ ہناقدم ٹھُہر اۆتھ لۆگ سُہ یمن کُن ۆچھنہٕ''۔

یہ وو پرنفر لۆگ ہُمس شخصس پرٛژھنہٕ ''اِدحض !اگر نہٕ ژٕ غلام رسول زاہنہن میٚیے وَنتہٕ سماجی کارکُن رشید صأب کتہٕ چھُ روزان؟'' سُہ وۄتھُس '' آ، کیازِ نہٕ۔ بہٕ زانہٕ تمی سُند گرٕ۔ دوستا! سُہ کُس کرٕی زٕ بن یَسنہٕ رشید صأب مولوم آسہِ۔ سُہ چھُ خداین رُت کۆرمُت۔ سُہ چھُ پرٛتھ کأنسہِ بامے سُہ کُنہٕ ذأژ، نُسلُک یا دھرمُک آسہِ پرٛتھ ساتہٕ بکار یِوان۔ مـنٛزی وَنتم اصلی کُس چھُی ژٕ یہ سمکھُن، رشید صأبس کِنہٕ ہمُس شخصس۔'' وَنتہٕ گتھ وۄتھُس ''میٚیے چھُ ژٕ کہِ رشید صأبسے سمکھُن۔'' تمی چھُم وۄنمُت گوڈٕ گژھِ غلام رسول سُند مولوم کرُن۔ تِکیازِ سُہ چھُ تَس نکھے بیٚیس مکانس منٛز روزان۔ تِمس اوس خیال زِ اِتھس تھدِس عالمس آسن سأری لُوکھ زیادٕ جان پأٹھی زانان۔

غلام رسول گو وِیہ سورٕے بُوزِتھ ہے بُنگہٕ تہٕ تمی نو مر وو رشید صأبنس بجرس برٛونٛہہ کنہِ پنُن کلہٕ۔



# ہانٛگٕنۍ

پہٕ اَس اکھ ہانٛگنیاہ یٚمۍ ہنٛزِ یہ کتھ چھَو

تمِس باسیے کینٛہہ سیکہِ پھٔلی أنٛدٕ ری پانس

گٔنٛہ ے تام پھٔلی، اماتلواس ٹُلہٕ ہس

چھنا ہانٛگلنہٕ تہٕ حبہٕ واٹِجنۍ، امابا سان چھُنہٕ تمہٕ دَگ چھ للہٕ وان

گٔرِان ونہٕ وآٹ پنہٕ نِس قسمتس تمہِ

سوٚتیمۍ زنہٕ اتھ پریشأنی اٮ۪ندر وٚج

اماووہہٕ وُن نہٕ سرکارس، نہٕ موٚنگ تمہِ کانٛہہ الکشن

تُجِن ما کرٕ کیھ بچاوۍ نم سوٚن سمنٛدر

رَسے پانٛٹھۍ وٚزھ ژکس تل گرٕاوِ کرنَے بس یہ سُوٚنچتھ

یہ سیکہٕ ہٕنز دگ میٚے کاٲنز تگہٕ نہٕ ووٚنی اتھ دِمہٕ بدل رنگ۔
سَہے گو وبز وٚنہہ پکان تہٕ تھہٕ پاٚٹھی سمین کوٚر اٲز ٹیک تام
سو ہانٛگنی وأ ژپنہٕ نِس مقصدس، گیہ دم پوٚختہٕ یامتھ
سُہ سیکہٕ پھبکھ،توس یُی تلُمت تِمس اوس
تیٚو نٛگل ہیٚو خوش یوٗن تتھ موٚختہٕ مولہٕ وُن اوس گومُت
کتھے أس، پوٚز نصیحتھ أس اتھ منز، سبٹھاہ وَیہٕ وِنی نصیحتھ
زِ اکھ ہانٛگنی بنأوِتھ ہیکہٕ سیکہٕ موچھہٕ أکِس کیاہ
بہٕ کیاہ ہکہٕ نہٕ کٔرِتھ یودس تُلکھ أزی
تِمن دادبن یِموتلواس تلُمت چھُم۔





بہٕ چھُس تِمن حالاتن تہٕ سوٚنچن ہُنٛد غولام یِمہٕ کُنہِ وِزِ ہنگہٕ منگہٕ بُتھہِ یِوان چھِ ۔ یِمے حالاتھ چھِ شیطانس فرشتہٕ تہٕ فرشتس شیطان بناوان۔ (بائیرن)



سُہ اوس اکھ جان فنکار تہٕ تِمس منٛز آسی عظیم تہٕ نِرل فنکار بنہٕ ہنٛزٕ ساری علامات تہٕ آثار موجود، تِمس گٔنیہِ یسوع مسیح سنٛز تصویر بناونٕچ گٔل یُس کأنٛسہِ تہٕ فنکارِ سنٛدِ باپتھ مُشکِل کار چھُ ۔ سُہ عام فنکار آسی تن یا ماہِر ۔ نوٚو آسی تن یا پرٛون تہٕ تجربہٕ کار۔

تِمس اوس ذیہنس منٛز مسیحؑ سُنٛد اکھ خیألی خولہٕ خد۔ تِمۍ اوس واریاہن ووستاد، فنکارن ہُنٛد مُطالعہ کوٚرمُت ۔ کہیالٹہِ پٔرِن اِنجیل تہٕ واریاہن لِکھارِ ہن ہنٛزٕ تِمہٕ

کِتابہٕ وُچھِن یمن منٛز حضرت مسیحؑ سُند تذکرٕ اوس۔ تمہِ پتہٕ کوٚر اَمی امہِ تصویرِ باپتھ پنہٕ نِس منِس منٛزٕ اکھ موزون تہٕ مُناسِب نمونہٕ تیار۔

امہِ کہِ تکمیلہِ باپتھ پیوٚ تَمِس لوکٹیوٚ بڑیوٚ شہرٕ وپیٹھہِ گامن گُھمُن تام واتُن۔ اَکِس دورِ گامس منٛز بٔٹیوٚ اَمِس پننہِ خیالہِ مُطابِق مناسِب نمونہٕ۔ اَمِس شخصس اُس ترٛٹہِ معصومیت تہٕ بِلکُل ترٛٹہِ سنجیدگی پزیڈان۔ تَمی سِندِ بتھہِ پیٹھہِ اوس اطمِنان تہٕ بئین ہِندِ باپتھ ہمدردی صاف بوزنہٕ یِوان۔ اَمی فنکارن (مصوّرن) کوٚر یہِ شخص نمونہٕ رٔنگی سبٹھاہ مُشکلہِ سان برٛونہہ پنِس رأضی۔ تِکیازِ اَمِس بچارِس اوس نہٕ ماڈلنٛگ ہُند معنہٕ مولوم تہٕ نہٕ اوسُس تِتھِن دُنیأیی حالاتن کُن کانٛہہ ظوٚن۔ چھیکرس وأژ تصویر انٛد۔

پانٛژٕ وُہری گووٕ یہِ فنکار امی گامہِ منٛز شیطانہٕ سُند اکھ مناسِب نمونہٕ لبنس منٛز تہٕ کامیاب۔ اَمِس ماڈلس اَسی شیطانہٕ سِندی ساری خصوصیات ؛ ۔ ہناپزٔژھہِ گأر کرنہٕ پتہٕ ننیاو اَمِس زِ یہِ اوس سُے شخص یُس اَمی فنکارن عیسیٰؑ سِندِ تصویرِ باپتھ نمونہٕ رٔنگی ژورمُت اوس۔

یہِ عجیب سمسار اوس عیسیٰؑ صفت انسانس پأغمبر سِندِ درجہٕ پیٹھہِ وألتھ 'شیطان' بناونس منٛز کامیاب گومُت۔





نسلی شرافت (خاندانی شرافت) چھُ تقدیرُک اکھ حادثہ اما شریفانہٕ عمل چھِ عظیم انسانن ہنٛز پزٕ زنتھ تہٕ خصوصیت آسان۔

(نامولوم)



"وٕل تھٕچس یوہنے۔ یہٕ آیس سمکھنہٕ والین نش تنگ" مشہور سوپرانیو وموبری بوزن وٕژھ پننہِ دایہ۔ "وٕل ترٛاوی زہن نہٕ کانٛہہ اندر" دا ے وٕژھس "اتہِ چھُ نیبرٕ کنہِ اکھ سمکھن وول۔ یہ چھُ اکھ غریب لڑکہٕ تیمِس ژھینٛژ ہتی جنٛدٕ نالی چھ" عظیم سوپرانیو وٕژھس "ٹھیک چھُ سوزُن اندر"۔ تمہ وؤن برس پیٹھ اجازتس پڑارٕ وٕنس لڑکس "ولہٕ ساگوٚ برا! اژھ ژینے کیا چھی ناو۔"

لڑکہٕ لوٚگ اندر اژان نیزمی سان ونہٕ "پیری"

"واہ کوتاہ رُت ناوِچھ۔ ون ساۓ مێے نِش کیاہ کاٗم چھے؟"

پیری لوٗگس وَننہِ "میڈم! مێے چھے موج سخ بمار۔ مگر اسہِ چھنہِ تمہِ سِنٛدِ دوٲہ باپتھ کھٲنٛڈ ہارتہٕ"۔

پتہٕ ووٗتھس زارِ پارِ کران۔ "میڈم مێے چھ اکھ باتھ لیوٗکھمت۔ ژٕ۔۔۔ ژٕ۔۔۔ ژٕ۔۔۔ ہیکہِ کھاٗیہ پننہٕ نِس پرٛوگرامس منٛز گیوٗتھ؟ ژٕ دِکھہِ۔۔۔ میٲون مطلب چھ۔۔۔ یہ کینٛژھا رقم ژیٚے ووندٕ ہیٚی۔ چاٲنی یہ نیکی روزِ مێے عُمرِ یاد۔"

یہ عظیم فنکار بُجس وَننہِ "گوٚ براپرواے مہٕ کر۔ دِساۓ پٲنٛن یہ باتھ یوٗری بیٚیہ دِپننہِ گرُک پتاہ"

تِمس آو یہ باتھ سیٚٹھاہ پسند۔

بیکہِ دوہہٕ گیوٗ واٲمہِ یہ باتھ او پیراہس منٛز تہٕ بوزن والوٗ کری اتھ تھوٗ دۄتھی وٕتھی تأریف۔ پرٛوگرام اند واتتھ گیہ سو سێوٗ دُے پیری ہنٛزِ ماجہِ نِش تہٕ امہِ دوہچ ساٗرے کماٗے کرِن اٗمس لڑکس حوالہٕ۔

گوٚ برا! یہ رقم چھ چون۔ یہ رَٹھ تہٕ ماجہ کرِ رتی پاٹھی علاج۔"





## دیانت دار انسان چُھ خدایہ سنز سارِوے کھوتہٕ رٕژ تخلیق۔



گاندھی جی سُند مول اُتّم چند گاندھی اوس پوربندر ریاستُک دیوان۔ سُہ اوس سبٹھاہ دیانت دار، زیرک تہٕ قابل منتظم مانہٕ یِوان۔ امہِ علاوٕ اوس سُہ نیک حاٗکم تہٕ ریاست کِہن لُوکن منز مقبول تہٕ ٹوٹھ دیوان۔

اکہِ دوہہٕ اٗس اِہندِس گرس منز کھانذرٕچ تقریب۔ تہٕ اتھ رٕتس سالس پیٹھ کرِ شہرٕ کیٚو اَلہٕ پلہٕ سارِوے بڈٕ لُوگو رنگہٕ رنگہٕ قیمتی ڈالہٕ پیش۔ اما اُتّم چند رُود ستی ستی پنہٕ نِس مُنشس یاد پاوان "منیم جی! حبس کُرِ زِ ینہٕ اکھ ڈالی تہٕ حِسابس کھالنہٕ روٗس روزِ۔ ساٗری چیز کُرِ زٕ احتیاطہٕ سان درٕج۔"

مُنیم جین دِژ اٗمس اٗخرس پیٹھ سارِنے ڈالین ہنز حساب بُہی تیار کرِتھ۔

سُہ گو ومہاراجہِ ہِنٛدِس محل خانس منٛز تہٕ تٔر اوِن یِمہٕ سأری چیز تٔمس برٛ ونٛہہ کنہٕ۔

''دیوان جی! یہِ کیٛاہ چُھ؟''

''مہراج بہادُر۔ کہنٛی نہٕ۔ یِمہٕ چھِ سأری ہُندی تہٕ بہٕ چُھس واپس کرنہٕ آمُت۔''

مہراج ووٚتھس ہیوٗلاہ سپدِتھ ''میأنی؟''

''اوِ مہراج یِمہٕ چھِ تہنٛز پرٛزایہِ ہِنٛدی۔ یِمہٕ أسی تموِ کٔنی پیش کٔری ہتہِ تِکیاز بہٕ چُھس تُہنٛد دیوان۔ لِہاذا چھِ یِمہٕ تُہنٛدی۔ یِمہٕ کٔری تو قبول۔ تہٕ میٛنہِ کٔری تو امہِ گوٚبہ بارٕتلہٕ آزاد۔''

مہراج ہیٚوکنہٕ یِمہٕ چیز رٹنس اِنکار ے کٔرِتھ۔





بہٕ بسہ ہا گُنہ وِتہٕ ہنٛدِس أ رکس انٛدس کُن ییٚتہِ بہٕ وتہِ
پکہٕ وِنی لُو کھ پننی دوس بناوِ ہکھ۔



سُہٕ اوس اکھ ناماوار لِکھأرؠ آسنس ستۍ ستۍ اکھ رُت، خوش خلق تہٕ یار باش انسان تہٕ۔ تِمس یُس تہِ سمکھہِ ہایا تیٚمس ستۍ بیٚہہِ ہالتس اوس نہٕ وقت گنٛذرنٕک پتہٕ ہے لگان۔ تِکیاز سُہ اوس پرٛتھ وقتہٕ اسہٕ وِنی تہٕ خوش یِونی قصہٕ بوزِناوان۔

أمی سٕنز آشنٛیٚر تہِ أس سبٹھاہٕ رٕژ میزبان۔ یِمہٕ دونٔوے بأژ أسی پرٛتھ وقتہٕ کأنٛسہِ تہِ پرٛہس خاطِر دأری کرنہٕ باپتھ ہوٚل گنٛڈِتھ آسان۔

پتۍ موکیٚنژ وودوہو پٹھہٕ أسی نہٕ یِمہٕ زِ بأژ پرٛھمن ستۍ آوریرٕ کنی اکھ أکس سمکھتھ ہیٚکی متۍ یُتھ گرٕکین مالن تہٕ ذأتی دوکھن سوکھن دَل

دِہن ۔ امہ دوہہٕ شامس باسیاو لِکھأرِس کأنٛسہ پٔژھی ہٕنٛدِ نہ پٔنٛک امکان ۔ کٔنیٚ زۄن آسنہٕ ،کنٛز أنٛز تٔمی آشیٚنٛز ناد دِتھ تہٕ ووٗتٕھس اسان اسان ''کیٛتھ خوشہٕ وٗن شام چُھ از ۔''

آشیٚنٛز لٔجس وَننہِ ''اوٚ ۔ میٚتہٕ چُھ تی باسان ۔ مگر میأنٛز ،کنٛز چُھ پٔرتھ دوہ تُٕھے آسان ۔ از کوسہٕ نٔو کتھاہ چھ ؟''

سُہ ووٗتٕھس '' ہَے ہے ! ژٕیٚ چھی نا فِکرِ تران از چُھنہٕ شامس اسہِ کانٛہہ پوٚژھ ۔ أسی چھ پٔرتھ دوہہٕ شامس بٔیین ہٕتی کتھہٕ کران ۔ میٚ چُھ باسان از ییہ نہٕ کانٛہہ ۔سو ؤژھس ڈٔری پأٹھی ۔'' اگر کانٛہہ آوتِہ یہٕ وَنس چُون زِسُہ چُھ سخ آوٗر ۔ أتھی منٛز گیہ درواز چ بٔل ۔ أمی ہٕنٛز آشیٚنٛز ؤژھ پٔنُن فأصلہٕ بامَل اننہِ ۔ مگر أمِس پتہٕ کنہِ اوس لِکھأری بیٚ سأئلی پٔژھس استقبال کٔرِتھ پنہٕ نِس ذأتی کمرِس کُن ہأوِتھ ونان ''اوو ۔ ؤلِو ۔ ؤلِو ۔ ؤلِو ۔ أنِو ییأری تشریف ۔''





رُت ورتاو چُھ تمہِ سونہٕ ہنٛزِ ہانٛکلہِ ہندی پأٹھی یُو سأری سے
سماجس یکُت تہٕ واتھ چُھ کوٚرمُت ۔ (گویٹے)



یتیم خانکی زِٹھی یعنے سُپر انٹنڈنٹن پھرِ نأوی دونوٚے بأژ امہِ ادارِ کین سارِنے شعبَن یہ ہاونہٕ باپتھ زِ اتہِ کوتاہ رُت انتظام چُھ ۔ یمہٕ زِ بأژ أسی سبٹھاہ بجاہ آسنہٕ علاوٕ رازدانہِ ہنٛدِس أکِس تھدِس اوسوٕ حال طبقس ستی تعلُق تھاوان ۔ یمہٕ أسی رحم دِل تہٕ نیک تہٕ زندگی ہنٛدی مسلہٕ ژینہٕ نک تہٕ تمہٕ أنٛز راونک وطیرٕ تہٕ اوسُکھ ۔

پوٚتُس پرٛژھنکھ ادارِ کی زِٹھی نرم آیہ ''یمہِ ادارِ کِس انتظامس تہٕ آینٛدٕ بہتری ہنٛدِس بارس منٛز کیاہ چھ تُہنٛز راے۔''

یہ جوان وۆتھس درجواب ''میٚے چھ باسان یێتہِ چھ سبٹھاہ جان انتظام''

پتہٕ وۆتھ پننہِ آشنہِ ''کیاہ سہ چھنا؟''

امہِ تہِ کوٚر خاندارٕ ہنٛدس انہِ چھنا یہ وٕنتھ ''اوٚ یتہِ چھ رُت انتظام'' یمو

دوٚیو بأژ وۆن یہ ڈلِ زِتہ اکے ہٹہٕ ''جناب أسی چھ یژھان زِ یتیم خانہٕ منٛز ہمہٕ ہو

شُری جوراہ منگتہٕ پأٹھی۔ اگر ممکن چھ اسہِ کری تو مہربأنی کٔرِتھ یمہٕ بچہٕ ژارنس منٛز

مدد۔''

سپرانٹنڈنٹ ووٚتھکھ خوش گژھتھ ''کیا زِنہٕ؟ أسی چھ یمہٕ بچہٕ منگتہٕ ہنس

تھنٛد شکر یہ کران۔''

پتہٕ وۆتھکھ ''اما امہِ باپتھ پزن توہہِ کینٛہہ ضأبطہٕ (formalities) پوٗرٕ

کرِنہٕ۔ وٕلو بہٕ ہاو وتوہہِ سارِوٕے کھوتہٕ رٕتی بچہٕ جوراہ۔ توہہِ پزن تمہٕ سبٹھاہ پسند۔''

یمہٕ زِ بأژ رُودی کینٛہہ کالاہ اکھأکس گُن وُچھان، پتہٕ لٔج یہ زنانہٕ وننہِ ''نہٕ

نہٕ۔'' مہربأنی کٔرِتھ دِیُو کھاسہِ تمہٕ بچہٕ یمن نہٕ کانٛہہ پانہٕ ناوٕن یژھان آسہِ۔''





اکھ فرض پُورٕ کرنُک رُت اجر گوو یوہے زِ انسان لَبہِ دوٚیم فرض ادا کرنُک حوصلہٕ۔ (جارج اِلیئٹ)



أکِس مدرسس لوٚگ سخ نار۔ سأری ووستادتہٕ شاگرد گے پھرٹہٕ لد۔ اما کینہہ زِہی گرٕھی تھےٕ لگی تمہٕ نار ژھووراونہٕ باپتھ یُس بانہٕ اتھہِ آکھ سُہ ہتھ دورنہ۔ اَتہِ یُوتاہ آب نکھہٕ تلہٕ کِس تژ اگس (تالاب) منٛز نٹھن بانن یا لوٹن منٛز ممکِن گووسُہ آونارس چھکھنہٕ۔ یوٚ تام أمی تژ اگن ژوٚک ہوو۔

مدرسس نکھے اوس أکِس کرِیرس اَرہٹ لاَگتھ ییمہٕ منٛزٕ مدرس شُرک تہٕ أندری پکی روزن وألی آب أسی حاصِل کران۔ بدقسمتی کِنہٕ اوس اتھ ارہٹس لمن وول دانٛد اِمہِ دوہہ ہمسایہ گام گُن سوزنہٕ آمُت َناراوسنہٕ وُنہِ ژھبتہٕ گرٕھان تہٕ ارہٹہٕ ستی سبٹھاہ آب کھالنہٕ ورآے اوسنہٕ کانٛہہ چارٕ۔ اِتھی منٛز گوٚنڈ أکی لڑکن یہِ ارہٹ پنٛنس

نکھس تۂ لۆگ لَمنہٕ ۔ آبہٕ بُرِتی بُڑۍ بُڑۍ ڈبہٕ لگٕی تیزی سان آب کھالنہٕ تۂ نکھہٕ تلُک ژاگ آوآبہٕ ستی بڑتھ ۔

سأری مدرس شُرۍ ، ووستاد تۂ باقے ملأزِم لگی بالٹین بُرۍ بُرۍ نارس چھکھنہٕ تۂ نار گووتھوٗ ۔





سۄ اوس سنان تہٕ وُچھی وُچھی کیٚتھ تام گرٕ ھان سۄ اوس
سارِنے رُت کانٛچھان تہٕ رٕژ رورتاوان ۔ ( گولڈ سمتھ )



''بہٕ ہیکہٕ نہٕ پنُن علاج تھٲوِتھ تھدٕ قیمتہٕ کیٚو دَوٕ ہوٚستی کٔرِتھ ۔ ییٚلہِ زَن لچھہٕ بٔدی میأنی ہم وطن أمی بیمارِ آوٕری ہتی چھِ اما تھٲی قیمتی دوأہ ہینٛس سُنٛب چھکھنہٕ توٚژٕ ھے ۔ بہٕ چھُس نہٕ یمو نشہ کُنہِ صورتہٕ پنُن پان تھوٚ دزانان ۔ نہٕ ۔ نہٕ ۔ بہٕ کرٕ نہٕ یہِ برداش'' یہِ وۄنتھ مُلکُک زیٹھ پنہٕ نبن ڈاکٹرن کُن ۔ پتہٕ وۄننکھ ذٕری پأٹھی ''یہِ چھُ میٲون حُکم''

امہِ پتہٕ کیٚنژن دوہن ہِتہ دیُت نہٕ أمی اجازت زِ کانٛہہ تھدِ قیمتُک دوأہ دٕہن لتس ۔ اوٕ کنٛز کوٚ راکہِ نوکرانہِ بسکُٹن تہٕ چایہ ستی رلأوِتھ أمس یہِ دواواتہٕ ناوٕنُک

طریقہٕ اختیار۔ امہِ پتہٕ ہیوٚت بہمارن (مُلکٕکی زِٹھی) وار وار سٔند ارُن۔ کینٛہہ دوہ گُرِھتھ گوونوکرانہِ ہُنٛد یہِ اثر، کتھہٕ تام پاٲٹھی نوٚن۔

رازس کھوٚت سخ غوٚصہٕ۔

''ژیٚے، کتھہٕ کوٚرتھ یہِ تھدِ مولُک دواہ میٚے کھیٚاوٕنک جُرتھ۔ تہٕ بہٕ کوٚ ڈتھس عام لُوکو نِشہِ بیٚون۔ یہِ گوو دوکھہٕ تہٕ ناانصاٲفی۔ یہِ چُھ عدلس خلاف۔ ژیٚے گُژھی امہِ باپتھ سخ سزاہ میلُن۔''

پادشہن کوٚر اُمس خلاف مُقدمہٕ داٲیر۔ یہِ بچاٲر آیہِ مُجرم مانٔنہٕ تہٕ اُمس آو ترٛن رتن ہِنٛدِ قاٲدُک سزاہ دِنہٕ۔ اما پتہٕ آوتس امہِ کِنہِ یہِ سزاہ ماف کرنہٕ زِ تمہِ اوس مُلکُک یُتھ عاٲدِل تہٕ رُت زیٹھ بچوومُت تہٕ یہِ اُس عام لُوکن ہٕنٛز بٔڈ خدمت۔





جاناوارتہٕ پھیرٕ وِنٕی سٔنیاسی یارِشی چھنہٕ پگہٕ ہیچ فِکرٕ ے ہوان۔

(نامعلوم)



''ہے مسٹر! جہازٕ ووت بندرگاہس نکھہٕ۔ ژٕ کیاژِ چھکھ بے مقصد پٲٹھی اورٕ یور گتھ کران؟'' یہ وۆتھ اکھ امریکی ہم سفرٲمِس ہندوستانٕی نفرس کُن یِیلِہ یمن سان فرانسسکوٲتھ جہازٕ منٛز وُسن اوس۔

ہندوستانٕی وۆتھُس ''اڑ میٚے کوسہٕ جلدی چھم؟''

''یہ چھُس سونچان پتہٕ ماپیٚی لارٕ لارِ سامان گنڈُن، تِکیازِ وُن لگِہ اسہِ بَس اۆڈ گنٹہٕ بندرگاہس تام واتنس۔ منٛزی وَنتم ژٕ پیٚنے کتہِ چھی سامانہٕ؟'' ''سامانہٕ؟'' یہِ مسافر وۆتھُس حیٲرتہٕ سان ''میٚے چھُ تیٚوتے سامانہٕ یُس پھکِس الوٗند چھم۔ وُ چھ

سۂ گوڈ اسہِ فقیرن کُس سامانٕے چھ آسان ۔ اِدِ یہ کیٛژھا آسہِ تہٕ چھُ نکھہ سیٚے پیٹھ آسان ۔''

امریکن لۄکُس پرٛژھنہٕ ''سر، میٚے زن تۄ رنہٕ فِکرٕ ۔''

''تمیُک مطلب گوو ۔ یمہٕ زِ پکو یمہٕ میٚے نٲلی چھ ۔ اکھ زیوٗٹھ کرتہٕ تہٕ اکھ دُوتۍ''۔

تٔمۍ پرٛژھس زیادٕ ے حٲران گرِژھتھ ''تہٕ پوٗنساہ ٹوٗنکاہ ؟'' سۂ دۄتُھس اَسہٕ وِنہٕ ہوٚنٛجہِ ''میٚے کتھ چھ پٲنسہٕ بکار ۔ سانہِ باپتھ گوو خداے بڈٕ اارزتھ تہٕ پوٗنسہٕ ٹوٗنک''۔

''اچھا تہٕ کھٔنن چیٚن ؟'' ''سۂ تہٕ چھُ تٔسی مِٹہ ۔ کُنہِ نتہٕ کُنہِ طریقہٕ چھُ کانٛہہ یار دوس سمکھان تہٕ سُے چھُ کھٔنہٕ چینک بوٚنٛدبس کران ۔''

''توٗہہ زانیا کانٛہہ امریکھس منٛز ؟''

''اِ میٚے چھُ ییٚتہِ اکھ دوس ۔''

''کُس سنا ؟''

أمۍ شخصن ترٛأو أمِس نکھس پیٹھ نٔرتہٕ وۄننس ''تٔہۍ تہٕ بیٚیہ کُس'' ۔ أمۍ اَن زأنۍ شخصن ترٛ وواَسُناتہٕ بنٛیو وأمِس دوس ۔





ازموومُت تیُچھ چُھ اَن زان اِنسانہٕ ہِنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ جان۔(محاورٕ)



اکِہ دوہہٕ چُھ اکھ شہنشاہ عجیبے خاب وُچھان "وِدھاتا" یاں زِ تقدیرٕچ دیوی چھ منأدی کران زِ ساری لوکھ کرِن پن پنہٕ غمن دوکھن تہٕ کرٛچھرن ہنٛزٕ پھچہٕ اُکیہے جایہِ انبٲر س۔ پرٛتھ کٲنٛسہِ کوٚر ییٹھاہ وُژھہِ تہٕ جوشہٕ سان اتھ پیٹھ عمل۔ اَمہِ پتہٕ دیُت نگھ دیوی حکم زِ وُن ہیکہِ کانٛہہ اکھا تہٕ پنٛنٕ دوکھ بیٚیہ ہِنٛدِس دوکھس ستی بدلأوِتھ۔ نتہٕ ہیٚژھ تہٕ پنہٕ نی ہن نِیہ واپس۔ پرٛتھ کٲنٛسہِ کوٚر بدلے غیٚن پسند۔ یہ کرنہٕ پتہٕ آو پرٛتھ کانٛہہ کوٚ پأٹھی حالس منٛز ہینہٕ۔ اکھ بُڈٕ شہنشاہ تیٚمس گوٚ بُرآسنگ سخ طمٲہ اوس۔ اُمس بنیاو گوٚ بُرپوٚ زکینٛژِ کالی ژُھن اُمی نچوی گرِ منٛزٕ نرِئی ٹٹھ نبر کڈِتھ۔

اُکس غریبس بنیہِ دَولتھ اما امہِ بدلہٕ گیہ اُمس رنگہٕ رنگہٕ بیمارِ اگادِ۔ یہ

رۆٹ بدہضمی ،نوسور، پڑبشر ہیترِ دادبو۔ أکی بیقلن ژاریہٕ پننہِ باپتھ عقلِ پۆز أمِس وۆل آنتہٕ رۆستے پریشأنیو نال۔

أکِس انہأرِس بنیہٕ آشینٛز تہٕ أکِس أنٕہرِ شہ کورِ بنیا ورون پۆز تمن گیہ آنتھہٕ رۆس مسلہٕ پأدٕ۔

وارٕ وارٕ ووت وق زِیمن سارِنے توٗگ بوزُن زِ تمن أسی پڑأنی ووگتہٕ تہٕ کرٕپچھ امہِ کھوتہٕ جان یمہٕ پچھ أستھ تہٕ تمن وبدی آسنہٕ کنی أزی کہِ کھوتہٕ جانٕے أسی باسان۔





سأنٛز ژکھِ تہٕ چھِ اکثر تمو کتھو کھوتہٕ زیٛادٕ ناکارٕ آسان یِمن پیٹھ أسی ژکھِ تیتِھس لاینہٕ یوان چھِ۔ (نامولوم)



اٹلی ہٕنٛدِ امہِ کمیٛک سپٲہ لوٚگ وننہِ ''ہتہٕ سأتھو کہٕ أمِس ۔اِژھہِ زنانہِ ہسکوا مٔلی کأنٛز (ملکہ) ؤنِتھ۔ میأنٛز کٔنز نہٕ کٗنہِ صورتہٕ ۔بہٕ ونہٕ وۄٚ ثوقہٕ سان زِ اِتھِس انسانس چھُنہٕ مُلکُک زیٛٹھ آسنٛک مُلےٖ کانٛہہ حق واتان۔'' بیٛاکھ سپٲہ وۄٚتھ امہِ کھوتہٕ زیٛادٕ تیٛہہِ سان ۔''دوستا! میأنہِ أسہِ منٛزٕ نیٖتھ گتھ۔سو چھِ حدٕ کھوتہٕ کمینہٕ تہٕ بدخاہ۔ سخ بد خوٗے تہٕ پھٕرٕ زنانہٕ۔''

''یِہے چھنہٕ بلایاہ۔ ڈأن ہش۔شیطأنٛز ۔۔۔ پانس کیٛت لعنت۔''

پتہٕ وۄٚتھ بیٛاکھاہ ''ہتاسوے چھِ مومولی بہانہٕ تہٕ ہتھ رٹِتھ لوٗکن مارٕ ناوان۔''

''سو ہوٚ ژِ ہمیشہٕ جہنمس منٛز۔ سو چھَ بے رحم قاتِل ۔۔۔۔۔۔۔''

''دو ہاداتہٕ ۔ ہاٚوِتھ دِمو تٔمس پنٕنۍ امہِ کرٛتہٕ سٕٹھِ وۄ ہارٕک پھَل ضرور تُلن ۔''

فوٗجکۍ یمہٕ سپاہتہٕ لوکٕٹہٕ درجکۍ کینٛہہ افسر آسۍ اٹلی ہنٛز خونخار ملکہ کیتھر این ہنٛدِ ناو بددرد ونان تہٕ اُڈ زاڈ کران۔

تیٚمہٕ ساتہٕ فوٗجی یِہ بدگوییٚ کران آسۍ تمی وِزِ آس سو بیٚنہ شونٛکۍ پاٹھۍ امہِ کیمپک معاینہٕ کرنہٕ آمٕژ ۔ سوٗ آس یِہ ڈٔلۍ زِتہٕ یمن کن تہٕ دِوان۔

''ملکہ مُعظّمہ! چھا اسہِ اجازت زِ اسۍ دِمو یمن کمینہٕ، بیوقوفن سزاہ؟''

''اسۍ آنو یمن گنٛگہٕ پیٹھہٕ زیٚو مُولہٕ کٔڈتھ تہٕ کھالوکھ پھہٕ۔''

خونخار کیتھر این وۄنہِ یمن کمانڈرن کُن یمہٕ اِژھہٕ کتھہٕ بُوزِتھ رسہٕ کسرٕ گُمتۍ اسۍ''نہ! میٲنۍ ماتحت گژھن یِہ کتھ تہٕ زانٛنۍ زِ تِہٕنٛز یِہ خونخار ملکہ چھَ کُنہٕ ساتہٕ ژکھ ژاپتھ تہٕ ہربکان۔''



کھوورِس اتھس گوٚھِ نہٕ پےٚ لگُن زِ دٔچھنہِ اتھہٕ کوٚسہٕ نیکی
کٔرتھ ژئے ـ سُے گیہ اصل نیکی ـ (انجیل مقدّس)



انگریزی راجہ ِکس دورس منٛز گےٚ اکِہ دوہہٕ کینٛہہ سمأجی کارکُن کرأچی ہنٛدِس تمِہ وقتہٕ ِکس میٔر (Mayor) نواب صأبس نِش مشہور ڈبفرین ہسپتالہٕ باپتھ چنٛدٕ منگنہِ ـ نواب صأبن پرٛی واریہن چنٛدٕ دِنہٕ والین ہنٛدی ناوتہٕ پیتہٕ دِژنکھ وٕلی وٕلی اکھ چِھک ـ زِٹھی ہوی کارکُن تژأو چیکِہ کُن نظرأ تہٕ وۄننس حأرأنی سان

"جناب! توٚہہ دِژو ۹۹۹۵ روپیہ (نوساس نوشتھ تہٕ پانژنمتھ)۔"

"تُہنٛد وَنُن چھُ ٹھیک۔"

''مگر جناب، ہیٚہ پانٛژ وے روپیٖ ستۍ بنہِ ہے یہ دَہ ساس۔''

نواب ووٚتھس وُٹھ گمہِ نأوِتھ ''اَہنسأ۔ تِتہِ چھم خبر۔''

''بہٕ ونہٕ نا جناب برابر دَہ ساس دِنہٕ ستۍ پِیہ ہے جنابن ہُنٛد ناوعزت افزأیی رٕنٛگۍ بطور یادگار سنگ مرمرچہ کنہِ پیٹھ کھٔنِتھ تھاونہٕ۔''

''گو وِیہ چھ کتھ؟''

سمأجی کارکُن ووٚتھس بڑ جوشہٕ سان۔ ''اِدکیا چھُس بہٕ ونان۔ جناب یہِ بُو زِتھ ووٚنس نوابن سنجیدٕ پأٹھۍ ''سُے تہِ چھُ پانٛژ ہ روپیہ کم تھاوُنک اصل وجہِ۔ تِکیا زِ بہٕ چھُس نہٕ یژھان زِ کأنسہِ گوٚژھ میأنہ امہِ اِمدادُک پے لگُن۔''





زمینس پێٹھ زنم لبنہٕ وِزِچھ أسی ساأری انسان ہوی آسان تہٕ مرنہٕ
پتہٕ أتھی زمینس شرٛ پتھ تہِ چھ برابر تہٕ ہوی آسان۔ (نا مولوم)



''گڑ مارننگ سَر! اکھ بُزرگ حبشی وۄتھ ہناہوٚن نٔمتھ تہٕ پننہٕ ہیٹ احترامہٕ
رٔنگی کلہٕ پێٹھہٕ وألتھ ابراہام لِنکنس کُن۔

صدر ابراہام لِنکن اوس صُحأے خوشۍ نہِ ہیٚک حظ تُلنہٕ مو کھہِ پننہ کارِ منزٕ
لوٚت لوٚت پکان۔

سُہ وۄتھ أمِس بُزرگ حبشی نفرس ''ویری گڑ مارننگ!'' یہ دنان دنان
نوٚمر وۄدٕ کرِتہ کلہٕ تہٕ أمی آیہ وأتن پننہ ہیٹ۔ تہٕ ستی گرٕن پننہٕ کار زیادٕ لوٚت یتھ سُہ
حبشی ہستہِ خوش اخلاقی جواب دِیہ ہے۔

اکھ وتہٕ پکہٕ وُن یُس لِنکن سُنٛد دوس اوس تٔمۍ وُچھ یہِ سورُے حال۔ دویمہ دوہہٕ گوٚو سُہ صدارتی مجلس منٛز صدرس سمکھنہٕ۔

یہِ دوس اوس واریاہ کالِ لِنکنس نِش آمُت تہٕ وۄنۍ وۄتھُس خوش گٔژھتھ "ولہٕ سأ دوستا! وتہٕ ژٕ کِتھہٕ پأٹھۍ آمُت چُھکھ؟" "راتھ وُچھمو مےٚ تٔہۍ گاڈِ منٛز۔۔۔" "مےٚ چھُ افسوس زِ مےٚ وُچھمکھ نہٕ۔ ژےٚ کیاہ زِ رُکووتھس نہٕ بہٕ تمی ساتہٕ۔ اِد وتہٕ کیاہ حُکم چھُ؟"

"سر! بہٕ اوسُس توہہ پرٛژھُن یژھان توہہ کیاہ زِ وأجہ پننۍ ہیٹ بیٛیہ کوٚر رٕو سبٹھاہ ڈٔری پأٹھۍ تِمس کرٕہنس بُڈس سلام تہٕ خأر پأٹھ۔"

یہِ عظیم انسان وۄتھُس "تِکیاہ زِ بہٕ اوسُس نہٕ کُنہ صورتہٕ یژھان زِ بہٕ گوٚژھس کأنٛسہِ تہٕ انسانہٕ سِنٛدِ کھوتہٕ اخلاقس تہٕ ادبس منٛز کم پایہ باسُن۔" یہِ بُوزِتھ گوو أمۍ سُنٛد یہِ دوس چھٕتہٕ تہٕ دزٕ اوژھو پہٕ گرِتھ پوٚت کھوری واپس۔



# نبہٕ دۄنٛد

میٚے وُچھ کُلس پیٹھ جاناوارٲہ

سُہ اوس بول بوش کرِتھ میٚے دٲرٕناوان

أتھی منٛز ژۄل سُہ شی کرِتھ أنیکھ نیلہِ نبہٕ کُنٛ

بہٕ ترٛ وونس وُچھان وُچھان عارٕ کۆت تہٕ حأران

ہُتہٕ أسی کھہس منٛز رہدار ابلق گُری

بہٕ اوسُس تمن ہُنٛد رگنٛڈُن تہٕ دژٕ کُن وُچھان

ادِ تمہٕ ژٲلی ہنگہٕ منگہٕ نبہٕ دَنٛدِ کُنٛ دور تُلتھ

بہٕ رُودُس تہنٛد بن پڈرن ہنٛز گرد أچھی پھری پھری وُچھان

میٚے وُچھ پیٹھی کنٛز اوٗ برٕ لنٛگی اورٕ یور گتھ دِوان

میٲنیو نظرٕ وبز ونٛھی کنٛز نژان

اماتمہٕ ىِتہٕ ہےٲتھی نیٖلس نبس منٛز وارِ وارِ غاب گے

انسانن یوٗ ژھ ہر ہمیشہٕ آزاد تہٕ سو کھہٕ روزُن

تمو سارِو ے زو گالو نِشہ یمہٕ تِمس یتھ سمسارس ىِنہٕ

اَزلے لانہٕ چھ لیکھتھ

امایمہٕ شُرٛ کھی چھس وارے گسنہٕ یوان

یَلہٕ گرٛ ھنگ چُھسنہٕ کانٛہہ ژھل کارگر گرٛھان

خبرِے ماچھَس یہ چُھ تیوٗ تاہ سہل یُوتاہ آسُن پزٕ

انسان ہے اَنٛدرٕ روٗن دِیہ

پانٛے ژینہ زِ

خدائے کیٛاہ چُھ تَس کیٛت یژھان

تہٕ پانٛے گرٛ ھِ گُلہم پاٗٹھی یَلہٕ تہٕ آزاد

اٛمی چُھ ہمیشہ آزاد روزُن یوٗ ژھ مُت

تمو تمام وَلو تہٕ کُھر بوٗ نِشہ

یمہٕ یتھ سمسارس ستیٚ آوِ رِتھ چِھ تھاوان

امااے انسانہٕ

یہ چُھ بَس اَکھ دَیاوان دَے

یَس ستیٚ گُلہم پاٗٹھی یکہٕ واٹھ گرِتھ



عرقس تہٕ خونس کُنئے کرِتھ کموٕ ہٕژ ژۄٹ چھ کۄٹھی ژۄٹ کرِتھ

تہٕ مُفت اتھِ یِنہٕ واجنہٕ میچہٕ کھوتہٕ کتہِ کور رِژتہٕ میٹھ آسان۔



عالمی شوہرتُک اکھ ہنٛدوستانٛی انجینیر گوو اکِہ دوہہٕ امریکہ، یتہٕ تِمس

تھدبن سائینسدانن تہٕ تکنٛیکی عالِمن برٛونٛہہ کنہِ لیکچر دِین اوس۔

حدٕ رۆستے آوٗرآسنہٕ کنٛی آوتہٕ تَس پنٛن عالمانہٕ تقریر لیکھنُک وَق لیہاذا اکوٗر تِمی

فاصلہٕ زِ سُہ دِیہ اَکس پیشہٕ وَر لیکھن وألس پنٛنی تکنیکی ڈِیٹیل تہٕ تِمسے اتھِ کرناوِیہ

تقریر قلم بنٛد۔

مُقررٕ وَقتس پیٹھ گو وِیہ انجینیر لِکھأرِ ہِنٛدِس دَفترس پیٹھ تہٕ اتِہ وُچھن

پٔژن، تقریر تیار۔ تٔمی ییٚلہِ یہِ مَسودٕ وُچھ سُہ گووِیہ کأم وُچھتھ سبٹھاہ خوش۔ پۆز لِکھن وول اوسنہٕ اِمہِ وِزِ اَتہ۔ أمی دِتی تمی ہٕنٛدِس سکریٹری یَس فیسکی أٹھ ڈالرتہٕ بیٚیہِ اکھ ڈالر بخشأیِشہِ رٔنٛگی۔

دۆیِمہِ دوہہٕ سمٕکھ أمِس یہِ لِکھن وول تہٕ سُہ پیٹھی وأنی ڈالر واپس دِوان وۆننس "شکریہ جناب! یَتھ کیٛاہ اوس میٚے کرُن رٔٹو پٔژن یہِ ڈالر" پتہٕ وۆتھس "یہِ چھُنہٕ میٚے قبول۔ تِکیٛازِ یہِ چھُنہٕ میٲنِہ کامِہ ہُنٛد ماوضہٕ۔ اگر میٚے مُفتٕک پأنسہٕ رٹنٕک عادت گووٕ۔ میٲنی سو خۆشی گژھہ ضایہ یوسہٕ میٚے پَنٛنہِ مِحنتہٕ چہِ کمایہ ہتی حاصِل چھ سپدان۔"





ژِ ے چُھکھنہٕ یڑھانٕ دَ ے گوٚ ژُھم نکھہٕ یُن ۔ سُہ تہٕ چُھ
یڑھان ژٕ واتکھ ناتِمس نکھہٕ ۔ ( اُپنشِد )



تاجر اوس پنٕنہٕ دُکانٕک بہی کھاتہٕ لبھنس منز تیُتھ آوٗر زِ تَس اوسنہٕ نیٚبری کنۍ واو
طُفانٕہ اژھمِن رُدِ شرٕ انمِن تہٕ سأری کھوتہٕ اَمِس خدا دوستہٕ سِنٛدِ ژھوپہ دم کرِتھ
بڑ وٕنٹھہٕ کِنہ ووڈِنۍ آسنک خیالے ۔ گنٹاہ گوٚو زِ سُہ اوسنہٕ اُچھ تہٕ تھوٚ دتلان ۔
اَمِس پیٚپہ نظر تہٕ اتہٕ وُچھن درویش رُدِ وانہٕ ستی آبے آب گومُت ۔ تمۍ
ژون سُہ وٕلۍ وٕلۍ اند رتہٕ لوٚگُس مأفی منگنہٕ ۔ توٚلیہ دِوان دِوان ووٚننس ""بَب
میٚنے دِیِو مأفی ۔ میٚنے پیٚو ونہٕ ظوٚن تہٕ تُہۍ اوخبر کِتِس کالس رُدِ شرٕ انمِن منز اُدراونہٕ ۔
میٚنے چُھ سخ پھیران ۔"" درویش رود ژھوپہ دم کرِتھ ووڈِنۍ پہ بوزان ۔ تہٕ اکھ لفظ تہٕ

کوٚڈُن نہٕ اَسہٕ ۔ امہٕ پتہٕ لوٚگُس تاجِر وَننہٕ "میٚے چھیٚے خبر زِ توہہ آسہ میأنی ناراضگی ۔ پوٚز میٚے اوس پٔتی مین کیٚژن دہن ہُنٛد بہی کھاتہٕ تارِنَے ۔ امہٕ موکھہٕ اوسُس سخ آوُر ۔

درویش ووٚتھُس "میٚے چھ خبر زِ ژٕ چھکھ اکھ دیانت دار انسان تہٕ خدایہ سُنٛد رُت بنٛدٕ ۔ ییٚتھہٕ چھنہٕ لُوکھ دأہ وان ترٛأوِتھ ژینےٚ نِش یِوان ۔ پوٚز گوٚبرا! ییٚتھہٕ پأٹھۍ یہ اوسُس پزاران ژینےٚ پیٚپی نامیٚے کُن ظوٚن اِتھے پأٹھۍ چھُ خدا تعالیٰ پزاران زِ کٔمی سُنٛد بنٛدٕ گوٚ ژھ تِمس وُچھن ۔"

دُکاندارس کوٚر اَمہ کتھہٕ تیُتھ اثر زِ سُہ لوٚگُس وَننہٕ "بَب توہہ ووٚنِو پوٚز بہٕ ترٛاوِ یہ دُنیٖہک لوہ لنٛگر تہٕ گوٚڈ سمکھہٕ کٔرِ ہے ۔"

یُتے وُنِتھ تہٕ ترٛووٕ کٔر وان تہٕ اَتی تہٕ جان تہٕ ترٛ ووٚن ۔"





جأبرِ حکومتس گڑھہ وحشی جانور ہِنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ کھوژن ۔ (کنفیوٗشس)



عظیم چینی فلسفی کنفیوٗشس اوس اکہ دوہہ گرٕ پیٹھ بیٚیس اَکِس بستی کُن گژھان ۔ دوہ دُشکی پأٹھی اُسی تِمس پنٕنی واریاہ پأر روکار ہِتی ۔ تمہٕ اُسی اکھا اَکِس بستی کتھ تام فلسفیانہٕ مسلس مُتلِق بحث کرنس منٛز ہیتیاہ آوری یہ رُوڈ کھنہٕ ظوٚنی زِ تمہٕ اُسی اکہ قبرِ ستانہٕ منٛزی پکان۔

ہنگہٕ منگہٕ گیکھ گستام زنانہٕ ہنٛزِ باکہٕ تہٕ وبداکھ کنٛن یوسہٕ اَکِس تازٕ تازے قبرِ نکھہٕ بیٚہتھ اُس۔

یہٕ نیک فلسفی ٹھہریاو پنٕنی ژاٹھ ہیتھ اُمس زنانہٕ بروٚنٛہہ گنہٕ ییٚلہٕ تمی اُمس

زنانہ امیٚک وَجہ پرٛژھ سو ژُلس ہکی لگٲو لگٲو وَننہِ ''مےٚ موٗدی اَکی ہیہ رِتٕس منٛز ہہرِ بابہٕ،خاندارتہٕ گُنٕے گوبُر''۔

کنفیوشَس ووتھُس ووش ترٲوِتھ ''افسوس مےٚ وننتہٕ تمہٕ کمہِ بہانہٕ موٗدی؟''

یہ زَنانہٕ ژُلس باکہٕ دِوان وَننہِ ''یَتھ سأری ہیہ علاقس چھُ جنگلٕی ہہو گٹہٕ کارپھیُر مُت تموٕ ے مأری یمہٕ تہِ''۔ اَکھ ژاٹھاہ لۄگ اَمِس وَننہِ ''موجی! تُہۍ کیاز چھِو نہٕ ییمہِ علاقہٕ منٛز ژلان؟'' سوٕ ژھس ''گوبرا! یتِھ حکومت چھےٚ سبٹھاہ رٕژ۔ اَمکی اہلِ کار تہِ چھہٕ رٕتی ،لۄکن رَاحتھ تہٕ سوکھ واتہٕ ناون وأ لی تہٕ نیک دل'' پتہٕ وٕژھس '' تمہٕ چھِنہٕ کأنٛسہِ ہنٛز طرفدأری کران تہٕ نہ چھِ کُوٗژھ رٹن وأ لی تہٕ لۄکن ستی چھہٕ رُت تہٕ نیک ورتاو کران''۔

کنفیوشَس لۄگ پنہٕ نٛن شاگردن پرٛژھنہِ ''توہہِ توٚروا امیٚک معنہِ فِکرِ؟ امیٚک مطلب ہَبا گوٚ وحکومت ہےَ جابر تہٕ ظأ لم آسہِ اَمی کِہٕن کارندَن ہُنٛد قہر چھُ جنگلٕی ذٕ رِندَو کھوتہٕ کُڈٕر آسان''۔





پزٕرے ہیٚکان چھُ انسانس آزاد (بےٚ فِکر) تھاوِتھ۔ (نامولوم)



پادشاہ اوس جہازس منٛز سوار قدرٕ ییٚن اکِہ اکِہ مُعاینہٕ کران (پرٛژھہٕ گاٗر کران) تمیٚ پرٛژھ اٚکِس مُلزِمس "ژےٚ کیاہ جُرم اوسے کوٚرمُت؟"

"حضور! میٚے اوسنہٕ کانٛہہ جُرم کوٚرمُت۔ میٚے آو بِلا سزاہ دِنہٕ" قصوروارن وۄن جواب۔ پادشہن پرٛژھ بێیِس "اِدسہ تہٕ ژےٚ؟"

"پادشاہ سلامت! بہٕ چھُس بےٚ گوناہ۔ میٚے خلاف تارٕ ناوِکھ اپرٕ گواہی۔" "اِدسہ ژٕ کیاہ چھُکھ وَنان؟"

"حضور! بلکُل یُہَے کتھ۔ ییٚمہ ساتہٕ شہرس منٛز یہ واٗرٕ دات سپدٕ بہٕ اوسہ سے نہٕ تتہِ۔" پرٛتھ کاٚنٛسِہ مُلزِمن وۄن پادشاہس زِ سُہ اوس بےٚ گوناہ۔

اما اٲخرس پتھ وۄن اٲکی نفرن "پادشاہ سلامت ! میٚے چھےٚ ژُور گرٕ مژ۔ تِکیا زِ یہ اوسس بوچھہِ بوچھہِ کران۔ تہٕ ژُو بچاونہٕ باپتھ کاںٛہہ کھیٚن مِلِتھ ہیٚو ن کیٛت اٲسم نہٕ کھٕنٛڈ ہارِتہ چنٛدس۔ تویہ چھُس مانان زِ میٚون سزاہ چھُ صحیح۔"

پادشاہ اوس خوش زِ کم از کم اوس اکھ شخص پوٚز وَنان۔ تِمس گو وامِہ پزرُک تہٕ ایمانداری ہُند اثر تہٕ سُو نٛچُن زِ اٲمی چھ فاقہٕ پھرِ آسنہٕ کِنہ ژُور گرٕ مژ۔

کیٚنہہ کالاہ گژھتھ وۄتھ پادشاہ سارِنے بوزِ وُن برٕ پہن "میٚے چھُ باسان زِ ژھکھ تیٚوت بد زِ ژٕ گوٚ ژھکھ نہٕ یمن بے گوناہ انسانن ستی تھاونہٕ یُن۔ الگ کڈِتھ دِژِمی اٲمس قِدِس مٲفی تہٕ کوٚرُن بٔری۔





اکھ رٔژتہٕ جان موج چھ أکس ہتس ووستادس برابر۔

(جارج ہٕر بأٹ)



أمِس زنانہِ وأژ نچوس اتھہِ ژاٹہٕ ہالہِ پیٹھہٕ ووستادٕ سٕنز چٹھی۔ لیٚو کھمٕت اوسُن تُہُنٛد یہِ نچوٗ چھ بلگُلےٚ نڈٕ تہٕ مُڈٕ۔ أمِس چُھنہٕ کینٛہی نہٕ پرُن تگان تہٕ نہٕ فِکرِ تران۔ میٚون مشورٕ چھ یہِ کڈِیوٗن یٚیمہِ مدرسہٕ منٛزٕ۔ امہِ پتہٕ تہٕ رُودیہ ووستادیمن گرِ گرِ لیکھان زِ تِمہٕ مہٕ گرِن اِتھس بچس پرناونہٕ باپتھ پٔن پونٛسہٕ ضایہ۔

ماجہِ کھوٚت اتھ پیٹھ سخ غوصہٕ تہٕ سو گیہ تمی ساتہٕ نچوس ہتی سکول۔ سو سمکھییہ ووستادس تہٕ ووٚننس ژٕ کھہِ سان۔ ''جناب میٚون نچوٗ چُھنہٕ ہر گز مُڈٕ۔ میے چھ لوکچارٕ پیٹھے أمی سٕنز خبریوٗ تام شِہ دُہر وأنتھ یٔتہ درج کوٗ رُم۔ سوٗ ٹھہر یہِ کینٛہہ

یِیلہٕ سٕہ برطانیہ گژھنہٕ باپتھ تیار گوو تٔمس ووٗن پننہٕ آشنہٕ ۔ ''اسہِ اوس نا مَشورٕ کوٚر رٕمت زِ اسی گژھو یکہٕ وَٹہٕ۔''

''اَہنساً کرِیوٚ و ۔ پوٚز ژٕ ماچھکھ زٕوٕ کنٛی ٹھیک ۔ بیٚیہ آسہٕ بہٕ تتہِ تیوٗ تاہ آوٗر زِ بہٕ ہٮ۪کہٕ نہٕ ژیٚے دیکھ بال کرِتھ۔''

'اِدٕ ژٕ ہیککھ نا کینٛہہ کال پٔژا رِتھ؟''

''نہ ساً ۔ میےٚ چھُنا قومی فرض نکھہٕ والُن ۔''

''تیٚلہٕ بوزتہٕ یہ ما آسہ سُون آخری مُلاقات۔''

سٕہ ووٗتھس ''تیٚلہٕ منگہٕ بہٕ تہٕ بگوانس زِ سٕہ دِیِن میےٚ دوٗیمس زنمس منٛز چائنٛ سیوا کرنک موقعہٕ'' ۔ یہ وٗنتھ دژ اوسٕہ کیٚتھ تام ہیوٗ گژھتھ گرِ۔





أ رکس انسانہٕ ہنٛدِ عظمتچ گوڈنچ پَچھان گیہ زِتِس منٛز کاٛژاہ
نیزمی چھ ۔ (جان رسکِن)



رٕحمٰن یُس اَکھ نامادار گونہٕ مات اوس تہٕ یمیٚ ہندی زبانٛز منٛز "پریم بھگتی" (لولہٕ وبو ہارکی) بانٛتھ لیکھمتٕ چھ سُہ اوس پانٛسہٕ رٕنگی بجاہ تہٕ خوشحال انسان۔

رٕحمٰن اوس نہٕ پننٛز دولتھ پننہِ ذانٛتی عانٛشہِ آرامہٕ تہٕ ہاو باو باپتھ خرچان۔ بلکہِ اوس غریب تہٕ موحتاج لُوکن اتھہٕ وۄتھ تھاوِتھ بانٛگران۔ اما یہ خانٛراتھ دِنہٕ وِزِ اوس ہر ہمیشہٕ کلہٕ نۄمرِتھ تھاوان تہٕ خانٛراتھ رَٹن والین کُن اوسنہٕ اچھیٚ تہٕ ٹلان۔ اکہِ دوہہٕ آوانٛمی سُندا اَکھ دوستاہ اُہند گرِ تہٕ لۄگُس پرٛژھنہِ "ژٕ کیازِ

چھکھ غرٕبن خأراتھ دِنہٕ وِزِپٕنن کلہٕ نوٚ مرِتھ تھاوان؟" زٕ رحمن لوٚگُس وَننہٕ "تِکیا زِیمہٕ لُوکھ چھِ مِیٚ موموُلی ٹانگن پیٹھ تمہٕ تأریف ہوان کرٕنی، یمہٕ فقط خدایہ سے شُوبن۔ بہٕ چھس خدایہ سِندِ طرفہٕ محض اَکھ اَجنٹ تہٕ بأگرن وول۔ توٚے چھس کانٛہہ چیز دِنہٕ وِزِ پریشان گژھتھ رٹن وأپس گُن اُچھ ٹلنہٕ منٛد چھان۔"

اُمی دوستن ووٚن یتہٕ "گوو یُہے چھَ گتھ" اِمہ پتہ دژاو رحمس لولہٕ برٛژتہٕ احترامہٕ ہٕژ سلام گرِتھ واپس۔





صبر، برداش یا ژالنہاری چھِ مذہبک مُول تہٕ مُوژ۔ (وِکٹر ہیوگو)

-------------------- ♦♦ --------------------

یہِ سماجُک رُت کانچھن وول عالم اوس أکِس لگہٕ اِرسالس برونٛہہ کنہِ تبلیغ کران۔ لُوکھ أسی دینکی اصول تہٕ اچھ وضاحت بوزنس سنے ءتر۔

کینژِہ کالی پیتی اَتہ فساد بوٕ تہٕ اَفراتفری ٹُلن والو أمِس عالمس ٹانہٕ ژٹنی تہٕ کریکہٕ نادلاگن۔ امانہ رُود کُنہِ پریشانی ورأے پننی کاروأیی تہٕ واظ جأری تھاوِتھ۔ بوزن والو ہیئِہ یمن یورِ تہ کریکہٕ دی دی پھُوتی ٹُلنی۔

کینژس کالس رُوز اَتہ اَفراتفری۔ پوٚز أخرآے مُخالف ژھوپہ کرناوِنہ غأر انسانی ہیلہٕ تہٕ وطیرِ اوس تمہٕ وِے نفر واختیار کوٚرمُت یمن نہٕ کانٛہہ کتھِے فِکرِ

تران اُس یا کانْہہ کتھ بوزنس سُمب عقل اُس۔

کینْہہ کالاہ گوٚھتھ ہوو تِموٚ بیٚیہ یۆہے پاگل پن تہٕ خرٕ سہٕ گیٚ جلسس پیٚٹھ رَب ژھوٹھ تہٕ لوٚہ دا رِتھ دِوان۔ ووٚنی گرنہٕ بوزن والیو حاٲمیو یوٚر اَتھ مقابلہٕ کانْہہ ناسہٕ تژاسہٕ حرکتھ۔ تِکیازِ تِمن اوس اُمی عالِمن رَسہٕ بیٚہنگ تہٕ آرامہٕ سان بوزنک مَشورٕ دیُتمُت۔

اِمہٕ گردِ غبارٕ تہٕ رَبہٕ ستی لِتھہٕ ناوَنہٕ باوجود رُود واعِظ تبلیغ کران۔ بیٚیلہٕ تبلیغ اَنْد ووت، تِمس پرٛژھ پتہٕ نوٚبہٕ روکاروٚزِ تِمی کیازِ دیُت نہٕ تِمن یوٚرٕ یِمن ناسہٕ تژاسہٕ نفرن جواب دِنک اجازت۔ سُہ ووٚتھکھ اَسان اَسان "اُسی کیازِ کرٕ ہو یِمن وادس واد۔ تِمہٕ اُسی اَسی پکٕوان تِلیازِ دینہٕ کِس باغس چھِ زرخیز زمین درکار یُتھ یہ پھَبہٕ تہٕ پھولِہ۔ مخالف چھ اِمہٕ کھاد (پاہ پاش) مہیا کران۔ اِمہٕ پزٕ یِمن نفرن ہُنْد شُکر یہ کرُن۔ تِکیازِ تِمے چھِ ساٲنی اصل خاٗر خاہ"۔





کن تھاؤوپڑتھ کاٹسہ ہنز کتھہ ،زبو ڈنوکاٹسہ نش ،مشور ژٹوپڑتھ
اکی سُند اماپتُن فاصلہ تہ رائے تھاؤومحفوظ۔ (شیکسپیر)



انگریز راجس منز اوس یہ قطن اکھ ناقابلِ مافی جُرم۔یہ اوس اکس مومولی
مُلازمہ سندی ڈسی بغاوت کرنک اثر۔لہاذا اوس تس فکرِ تارُن زِ تمس نش کوتاہ
سخت جُرم اوس سرزد سپُد مُت۔
اُمس ملازمس خلاف آو اسسٹنٹ کلکٹر سندِس عدالتس منز مُقدمہ دایر
کرنہ۔
اسسٹنٹ کلکٹر اوس اکھ نامادار شاعر تہ مُلزِم اوس اکہ پبلک لایبریری

ہُنْد لایبریریَن ۔ تِمو اوس ریڈنگ ہالس منٛز ننہٕ ولنہٕ أکِس خاص جایہ أکِس قومی رہنما سُنْد تصویر لوگمُت۔

أمہِ مقدمٕچ شوٗوَے وأژ سرکأری کہوٗنجی سرکلن تام ۔اسسٹنٹ کلکٹر ژیوٗ ہُنْزِ أکی اعلا افسرن پننِہ نِس دَفترس منٛز نا دِتھ۔

''بوٗزِ و مسٹر !أمِس روہِ وٕتھس نفرس گژھہ سخت سزا میلُن۔توٗ روٕ فِکرِ؟''

''بہٕ چھس ہُنٛن فأصلہٕ سبٕھاہ سوٗچِتھ تہٕ گُنہ رور عایتہٕ ورأے دِوان'' یہِ وُٕنِتھ ووٗتھ سُہ تھوٗ دتہٕ نیرنہٕ برٛونٛہہ ووٗتھ بیٚیہ کھور ٹھیکہٕ رأوِتھ ''بہٕ چھُسنہٕ کأنٛسہِ تہٕ مشورٕ منٛگان تہٕ نہ کأنٛسہِ ہنٛز پٹھوٗ لی برٛونٛہہ کنہِ نمان ۔ بوٗزنس چھُنہٕ حرجہ، اما مانہٕ نچ چھُمہٕ پابندی۔'' دوٗیمہ دوٗہہ کوٚر رأمی شأعرن، أمی ججن، أمی بہوٗدُرتہٕ جُرتہٕ وألی انسانن لایبریرین بٕری۔

نتیجہٕ درٛاو زِ أمِس آیہ ئ حق أستھ تہٕ کلکٹری ہنٛز ترقی دِنہٕ اما أمی کوٚر نہٕ امہِ کتھِ ہُنْد کانٛہہ پرواے۔





فتح چھ تمنٕے نصیب سپد ان یمن پٔنٕس طاقتس پٹھ ڈ ر
پَژھ آسہِ ۔ (ڈژ ایڈن)



جگدیش چندر بوس اوس فرٛ انسہِ کس پیرس شہرس منٛز یہ ثبوت پیش کرنہٕ تہٕ پٔزن مشہور رِعالَم تجربہٕ ہاوِنہٕ گوٚمت زِ گُلی کُٹ تہٕ چھ زُوداٛ ژمنٛز شاملِ ، یاں زِ تمہٕ تہٕ چھ انسانن ہندی پأٹھی شاہ ہوان تہٕ اوان، کھوان چوان اَسان وِسان تہٕ کژبکہٕ دِوان۔

تٔمی کرِ یمہٕ کتھہٕ پننو حساس تہٕ نچو نچو "ریزونٹ رِکارڈر (Resonant Recorder) تہٕ کیسکو گراف (Keskograph)ناوی مشینوسٕتی ثابت ۔ یہ دویم



مشین ہبکان اُس کُلہٕ کہِ وو پداوُک 1,00,000 (لُچھم حِصہٕ) رِکارڈ کرِتھ یمہٕ سارے مشینہٕ آسہٕ ہندوستانس منز مقامی طور تیار کرنہٕ آمژٕ۔

یہٕ سازٕ سامان ہیتھ ووت سُہ پیرس تہٕ وبژھہٕ ناوٕن پننہٕ یہٕ تھیوری (نظریہ) لیکچر دِتھ تہٕ عملی تجربہٕ ہاوِتھ۔

اُتھی جلسس منز اٰنہٕ نووٲی تازٕ گُلی تھوپاہ۔ یمو منزٕ کوٚ ڈٲی اکھ گُل تہٕ اَتھ ترٲوِن سایناےڈ (CYNIDE) اِکی کینہہ قطرٕ۔ گُل زنہٕ گووژ ومتنہٕ بدلہٕ زیادٕ ے تازٕ۔

ڈاکٹر بوس گو وحٲران۔ اُمی ترٲوی اَتھ اِمہٕ وہول دو ہکی ہیٚہٕ کینہہ قطرٕ۔ مشینہٕ ہاو اَتھ زیادٕ ے تازٕ گی۔ تمی ووٚن بوزن والین کُن بڑٕ ''یہٕ گِژھہ نہٕ سایناےڈ بٔلکہِ مُدریر (کھنڈ) آسُن۔ ''یمہٕ بوزن وٲلی گے تمہٕ وِزِ سخ پریشان یێلہٕ اُمی پرکھاونہٕ باپتھ یہٕ زوٕ پتھ ترٕوو۔''

سُہ ووٚتھ ''یہٕ چھُ مُدریر۔ میٚے ونیاوتوہہ بڑوٗنٹھے۔ نتہٕ گژھہ ہے نہٕ گُل تازٕ۔ میٚے چھُ پننِس نظریہس پتھ پوٗرٕ پزٕ ھ۔''





ییمہ سمسارِ کنین لُوکن چھُ سرمایہ تہٕ دَولتھے بۄڈ گون تہٕ
وَصف باسان ۔ یاں زِلُو کھ چھِ انسانس دولتہٕ ستی تولان ۔

(محاورٕ)



''آداب عرض جناب''۔

نوجوان اوس جل جل دفترس کُن پکان سہٕ ٹھُہر یۆو ہنگہٕ منگہٕ تہٕ کُرن
سبٹھاہ نیزمی سان ہنابۄن نُمتھ پنہٕ نِس اُمِس باپأرِ مألِکس سلام۔

سہٕ وۆتھُس درجواب ''آداب ۔بہٕ واتہٕ ناوَس۔''

اِمہٕ پتہٕ آوبیا کھ باپأرِ تہٕ وۆننس ''نمسکار سیٹھ''

سُہ وۄتھس ''نمسکار بہٕ مہراوَنس تِتھے پأٹھۍ۔''

اکھ سمأجی کارکُناہ پۆک لپأرِ تہٕ وۄتھس ''نمستے'' بیٚیا کھ وۄتھس ''سلاما لیکم'' تِتھے پأٹھۍ رُودی پکن وأنۍ ''جے جے''''جے کرشنا''''جے مسیح'' ونان تہٕ یہ رُود سارِنے جان پأٹھۍ تہٕ کھلہٕ ڈکہٕ ونان ''شکریہ بہٕ وَنس'' ''بہٕ جناب واتہٕ ناوٕ تِمس نِش تِتھے کنۍ'' ہتہٕ ھٕں بہٕ وَنس سوٗرے۔''

اَمِس پرٛژھ اَکی دوستن ژٕ کیاہ چھکھ یمن ونان؟ باپأرِ وۄتھس ''امیک مطلب گوو بہٕ ونہٕ پنہٕ نِس روپیہِ سیفس (SAFE) زِیمہٕ سلامہٕ آسہٕ تِتھی کرنہٕ یِوان میٚے نہٕ کینہہ۔ تِکیاز زِمیانہٕ غُربتہٕ تہٕ موحتأجی وِزِ اوسنہٕ میٚے کُن کانٛہہ اَچھ ٹلان، سلام کرِنۍ اوسنہٕ سوا یے۔''





نیزمی چھ سارِنے رٕژرَن ہنٛز بُنیاد، آگُر، مأج، کٔنہٕ کُنٛز

تہٕ جوہر۔ (سینٹ کرِسٹوسم)



پرٛنسپل ژاو بےٚ خبر پأٹھۍ جمأژ ہنٛدِس کمرس منٛز۔ تٔمۍ رٔٹ ووستادس کیٛاہتام غلطی تہٕ لوٚگُس أتی طألب علمن دیدمان بوٚأری کرنہِ۔ ووستاد گوو رَسہٕ رِکسرِ تہٕ سُہ ہیوٚ کنہٕ گلَے تھوٚ دِتھ۔

پرٛنسپل گوو پننِس کمرس منٛز۔ تہٕ پریشان گُڑھتھ دیُتُن پان یہ ڈٔلِ زِ تہٕ کُرسی پیٹھ دأرِتھ۔ تِمس اوس ووستادس لرٛکن برٛونٛہہ کنہِ بے عزتی کرنس پیٹھ سخ افسوس۔ تٔمۍ انہٕ نوو امی ساتہٕ ووستاد جمأژ منٛز ناد دِتھ۔ یَیلہ چپرأسی ووستادس پتھۍ ہیٚتھ گوو، تٔمۍ سوٚنچ از کرٕہم پرٛنسپل نوکری نشہِ جواب۔

امایُتھے سۄ نٔژنٔژ پرنسپل ہنٛدِس کمرس منٛز ژاو، تٔمۍ کوٚر تھوٚد وٕتھِتھ ووستادس استقبال۔ سۄ پیٚو وتس کھورن تہٕ لوٚگُس یہِ وٕنتھ مأفی ہیٚنہٕ "میٚنۍ گٔرِ و ماف اِمہِ بڑٕ جُرمہٕ باپتھ زِ میٚنۍ گٔر مَوتو ہمہٕ طالبِ علمن برٛ وٕنہہ کٔرِ نہٕ بے عزتی"۔ ووستادگو وِیہٕ وٕ چھتھ ہےٚ بنٛگہٕ۔

یہِ باضمیر تہٕ پاک فِطرت پرنسپل اوس پٔزی پأٹھۍ رُت تہٕ باعزّت انسان تہٕ کامیاب ووستاد۔





پانس ءکٹھ کڈن وألی تہٕ نوکتہٕ چین گژھن زٕ رناوٕنی ۔ یمہٕ چھ اَسہ
صابنہٕ تہٕ آبہٕ ورأے چھٔلتھ صاف کران ۔ ( کبیر )



''یموتہٕ نفرو میٛنٛ خلاف ، سرکارس تہٕ تھدبن سرکأری افسرن خلاف سیٛدٕ
سیٛو دیاورگہٕ پأٹھی کینٛہہ وۄنمُت یا لیٛوکھمُت چھُ تیٚہنٛد فہرست گژھہ تیار کٔرِتھ میٛنٛ
حوالہٕ کرُن'' ۔ یہ حُکم دیُت راز ہٕ سنٛدی وزیر اعظمن پننس ذأتی سکٹری یس ۔ تٔمی کوٚر
حُکمس تحت تِمن لِکھارین ، شأعرن ، اخبار والین ہُنٛد اَکھ زیٛوٗٹھ فہرست تیار یمہٕ
پرٕتھ ساتہٕ حکومتس تہٕ تِمہ کٔمن کارنٛدن خلاف لکھان تہٕ ونان آسی ۔
وزیراعظم وۄتھ پننس سکٹری یس ''وونی کرٕ ژٕ بیٚاکھ فہرس تیار تہٕ اَتھ منٛز
تھاوُ کھ یمو منٛز ساریوے کھوتہٕ بُتھی پھِری نفر ۔''
''یہ تُہنٛد حُکم آسہ جناب ۔'' ملأزمن دیُت جواب ۔

☆

# أہی

خدایہ میٚ جٔرتہٕ پڑھہ، یقینہٕ تہٕ سکوٗنہٕ ستی

ییٚتہ نفرت آسہِ ہاتتہِ ووٕ ہامُحبتُک بیٚول

ییٚتہ چھوکھ آسہٕ ہن بہٕ لاگہٕ ہامہلامہٕ

ییٚتہ شکھ آسہِ ہابہٕ ووتلاوٕ ہاپڑھتہٕ بروسہٕ

ییٚتہ مویوسی وُچھہٕ ہاتتہِ کرٕ ہاوومیدتہٕ آش پاأدٕ

ییٚتہ دوکھ آٔسہن تتہِ پھولہٕ راوٕ ہاسوٗ گھکھی پوش

اے بڑِ خدایہ

میٚ یژھ کأنسہِ ہنٛدِس تسلی دِنس آویٚز روزہٕ بدل

تسلی دیُن

''اما اَتھ منز ورتاوِی زِیُوٗر احتیاط۔'' وزیرِاعظم ووٗتھس ڈرک پاٹھی سمجاوان سمجاوان۔

''اِد جناب یہِ تُہی فرماوِو۔'' سکٹری لوٗگس بروسہِ دِنہِ۔

بیٚیہ دوہہ کوٚر تمی تمن خاص خاص نوکتہ چینی کرنِ والین ہُنٛد فہرس پیش یمہ وزیرِ اعظمس، سرکارس تہ تھدبن سرکاری اہلِ کارن پیتہ لگیمتی اُسی۔

''جناب والا! وِں کیاہ سزاہ چھ یمن کمینن ہنٛدِ باپتھ؟'' سکٹری ووٗتھ وزیرِ اعظمس۔

''سزاہ! کیٛتھ سزاہ؟''

تمو چھنا جناب توٚہہ ، حکومتس تہ ماباپَتہ اہلِ کارن نوکتہ چینی کرنٛک جُرت کوٚرمُت۔''

''نسا ٹاٹھیا۔ میٚے چھ یمو منٛز سارِوے کھوتہ زیادٕ نوکتہ چینی کرن وول شخص سرکاری اخبارُک مُدیر مُقرر کرُن۔'' وزیرِاعظم لوٚگس وننہِ۔

''ژیےٚ چھے ناخبر سانٛی کٹھ کڈن والی انسانن چھ سانٛی اصل خار خاہ آسان۔''



☆

# اٰہی

خدایہ میےٚ جرتہٕ پڑھہِ، یقینہٕ تہٕ سکوٗنہٕ ستیٚ

ییٚتہِ نفرت آسہِ ہاتہٕ ووٕ ہا محبتُک بیٚول

ییٚتہِ چھوکھ آسہِ ہن بہٕ لاگہٕ ہا مہلامہٕ

ییٚتہِ شکھ آسہِ ہابہٕ وو تلاوٕ ہا پڑھتہٕ بروسہٕ

ییٚتہِ مویوسیٚ وُچھہٕ ہاتہِ کرٕ ہا وومیدتہٕ آش پاَدٕ

ییٚتہِ دوکھ آسہن تتہِ پھولہٕ راوٕ ہا سوٗ گھاکھی پوش

اے برٕڑ خدایہِ

میٚےٚ یڑھ کاٗنسہِ ہنٛدِس تسلی دِنس آویزروزہٕ بدل

تسلی دیُن

''اما اَتھ منز ورتاوِی زِ پُورٕ احتیاط۔'' وزیر اعظم وۄتھس ڈٕری پاٹھی سمجاوان سمجاوان۔

''اِد جناب یہ تُہی فرماوِو۔'' مسکٹری لۄگس بروسہ دِنہٕ۔

بیٚیہ دوہہ کوٚر تِمی تِمن خاص خاص نوکتہٕ چینی کرن والین ہُند فہرس پیش یِمہ وزیر اعظمس، سرکارس تہٕ تھد بن سرکاری اہلِ کارن پتہٕ لگیٚمتی اُسی۔

''جناب والا! وِں کیاہ سزاہ چھ یِمن کمینن ہُنٛدِ باپتھ؟'' سکٹری وۄتھ وزیر اعظمس۔

''سزاہ! کیٛتھ سزاہ؟''

تِمو چھنا جناب توہہ ، حکومتس تہٕ ماباپہٕ اہلِ کارن نوکتہٕ چینی کرنٕک جُرت کوٚر مُت۔''

''نسا ٹاٹھیا۔ میٚے چھ یِمو منٛزٕ سارِوے کھوتہٕ زیادٕ نوکتہٕ چینی کرن وول شخص سرکأری اخبارُک مُدیر مُقرر کرُن۔'' وزیر اعظم لۄگس وننہٕ۔

''ژیٚے چھے نا خبر سأنی یِتھ کڈن وألی انسانہٕ چھ سأنی اصل خأر خاہ آسان۔''



☆

# آہی

خدایہ میےٚ جرتہٕ پڑھہِ، یقینہٕ تہٕ سکوٗنہٕ ستی

یتِہٕ نفرت آسِہ ہاتہِ ووٕ ہا محبتُک بیوٚل

یتِہٕ چھوکھ آسہٕ ہِن بہٕ لاگہٕ ہا مہلامہٕ

یتِہٕ شکھ آسِہ ہابہٕ ووتلاوٕ ہا پڑھتہٕ بروسہٕ

یتِہٕ مویوسی وُچھہٕ ہاتہِ کرٕ ہاوومیدتہٕ آش پاٗدٕ

یتِہٕ دوکھ آسہن تتہِ پھولہٕ راوٕ ہا سوٗ گھکھی پوش

اے برِ خدایہ

میےٚ یڑھ کاٗنسہِ ہٕنڈِس تسلی دِنس آویزروزِ بدل

تسلی دیُن

پڑ زناوںہٕ پنس پژ ارنہٕ بدل لُوکھ پرژ ناوٕنی

لول برناوٕنک طمٲہ کرنہٕ بدل بۄین لول تہٕ ماے آیتن تھاوُن

بیٲلہِ منزٕ چ کتھ چھ کینژھ ہادینُٹھ گووواریاہ کینٛہہ لبُن

کاٲنسہِ معاف کرنُے گوو درگذر سپدنس لایق بنُن

تِتھہٕ پچھ مرنہٕ بژ ونٛہے مرنہٕ اَسی

اَبدی زنٛدگی لبان





رُت انسان گو وسُے یُمِ رٕژر کرُن پننہِ زندگی ہُنْد اکھ اژھین
چھہٕ آسہٕ بنٕو مُت۔ (منیقس)



تِمو چارِ دونہٕ وٕ یوٗ زورٕ سان لا کمہٕ تہٕ دونوٗ ے بگہِ ٹھہریاہ یکدم۔ یمن بگین
اُسی ژور ژور گُری لمان۔ گو چوان اُسی تجربہٕ کار، چالاکھ تہٕ زِیرک۔ گُری تہٕ اُسی قدٕ
تھٔدی دبہٕ ڈری تہٕ تیز رفتار۔

یمہٕ آسہٕ دونوٗ ے شاہی بگہ۔ اَکھ اوس اورٕ یوان تہٕ بیا کھ یورٕ گژھان۔
اَکس منز اوس کوشل دِشیگ تہٕ بییس منز کاشی پژ دیشگ مہراج سوار۔ دونوٗ ے مہراج
اُسی پن پننہِ جایہ لوُکن ٹاٹھی تہٕ یَژ تہٕ برٕتی۔ یمہٕ اُسی دونوٗ ے سبٹھاہ بہوٗدر، داناہ تہٕ
دَیاوان۔

پڑ زناوںہٕ پنس پڑ ارنہٕ بدل لُوکھ پرزٕ ناوٕنۍ

لول برناوٕ نک طمأہ کرنہٕ بدل بٔیین لول تہٕ ماے آیتن تھاوٗ ن

بیٲلہِ منزٕ چ کتھ چھ کینژھا دینٕے گووواریاہ کینٛہہ لبُن

کأنٛسہِ معاف کرنٕے گوودر گذر رسپد نس لایق بنُن

یتھہٕ پچھ مرنہٕ بزٕ وٕنھے مرنہٕ أسی

اَبدی زندگی لبان





رُت انسان گووسُے یُمۍ رٕژر کرُن پننہِ زندگی ہُنٛد اکھ اژھمن

حِصہٕ آسہٕ بنوومُت ۔ (منبقس)



تمو چارِ دوہٕ وِیوٗ زورِ سان لاکمہٕ تہٕ دوٗنوٗے بگہِ ٹھہریایہ یکدم ۔ یمن بگین

اُسی ژور ژور گُری لمان ۔ گوچوان اُسی تجربہٕ کار، چالاکھ تہٕ زِیرک ۔ گُری تہٕ اُسی قدٕ

تھٔدی دبہٕ ڈٲری تہٕ تیز رفتار ۔

یمہٕ آسہٕ دوٗنوٗے شاہی بگہِ ۔ اَکھ اوس اورِ یوان تہٕ بیاکھ یورِ گژھان ۔

اَکس منٛز اوس کوشل دِشیک تہٕ بیٚیس منٛز کاشی پڑ دیشُک مہراج سوار ۔ دوٗنوٗے مہراج

اُسی پن پننہِ جایہ لُوکن ٹاٹھی تہٕ یزٕ تہٕ برُتی ۔ یمہٕ اُسی دوٗنوٗے سبٹھاہ بہوٗدر، داناہ تہٕ

دَیاوان ۔

کُوچوانن ییٖلہٕ اَکھأ کس کُن نظر پیٚیہ تموٗرُکاوِبگہٕ ڈوٗرٕ ے پٔہن۔ سڑکہ اوس یتہٕ تیٚو تاہ کھجر زِ دوٚوٚ ے ہکہٕ ہن اَکی ساتہٕ اورٕ یور نیٖر تھ۔

کوچوان لگی اکھأ کس ستی مشورٕ کرِتھ کانْہہ صورتھاہ ژھارنہٕ زِ یمو منٛز کُس اَکھ نیٖرِ گوڈٕ نبتھ۔ کوشش کس مہراج سُند کوچوان ووٗتھ "میٚون مہراج چھُ رتہن ستی رُت ورتاوان تہٕ فقط بدن ستی بدسلوٗک کران۔"

کأشی ہندِس مہراج سُند کوچوان ووٗتھس "مگر میأنس مہراجہ سُند وطیرٕ چھُ امہ نِشہٕ وُکھرٕ یہ چھُ بدن تام رُت کران۔"

امہ پتہٕ کوٚر دونہٕ وِیوٚ کوچوانو فأصلہٕ زِ کأشی ہُنْد مہراج نیٖرِ گوڈٕ نبتھ۔ سُہ اوس پٔزی پأٹھی رُت انسان اوس۔





انسانہٕ سُنٛد رٕژر گژِھ تٕمۍ سٕنٛدِ دوہ دُش کِہ وبو ہارٕستۍ پر کھاوُن۔

(پاسکل)



---

تیز رفتار ریل گاڑی ٹھہرے یہ اتھ لوکٹس سٹیشنس پیٹھ تہٕ اکھ غریب زنانٕہ

ژایہِ اُکِس کمپارٹمنٹس منٛز یُس فوجی جوانو ستۍ ژلتھ اوس۔ تٔمہ دِژ اورٕ یور نظرٕ

پوٗ زاَتہ اُس نہٕ کانٛہہ سیٹ یلہٕ۔ پریشان گژھتھ پھیر سو سأری سے کمپارٹمنٹس اورٕ یور

پوٗ زحا صلاہ نہٕ کینٛہہ۔

سو اُس سخ تھچمِژ باسان۔ شاید اوسُس سٹیشنس تام واتنس واریاہ دُورِ

پیٹھٕ پکُن پیوٗمُت۔

کینٛہہ کالاہ گژھتھ وأ ژتتھ جایہ یتہٕ فوجک اَکھ بوٚڈ افسر جنرل رابرٹ لی

بِہتھ اوس ۔ سُہ اوس یِمن فوجی جوانن ستیٚ گژھتھ تام فوجی اہمیتہٕ کِس علاقس کُن گژھان۔

یُتھے فوجی افسرن یہِ غریب زنانہٕ اَتھ حالتَس منٛز وُچھ سُہ گو وتھوٚ دِۄ تہِ تہٕ ترٲوِن اُمِس سیٹ۔

یہِ بوٗدُر افسر ووٚتھ اُمِس ''ڈٕلو بہو یتھ جایہِ۔''

یُتھے یہِ زنانہٕ سیٹہِ پیٹھ بیٹھ، واریاہ فوجی گےٚ تھوٚ دِۄتھ تہٕ فوجی جنرلَس کُرِکھ پنٕنی پنٕنی سیٹ پیش۔

جنرلن ترٲوِ یمن اکِہ اکِہ معنہِ برٕژ نظراہ۔ کیٚنژن کالس کٔرِن نہٕ کانٛہہ کتھ۔ پتہٕ ووٚتھکھ یہِ ڈٕلۍ زِتہ بتھ دُررٲوِتھ، ٹاٚنہٕ ژٹان:

''نسأ۔ میانیٚو جوانو۔ تُہند سبٹھاہ شُکر یہِ۔ ییٚلہِ نہٕ توہہِ اُمِس غریب زنانہِ جاے ترٲوِو۔ تُہۍ کیتہ ترٲوِو میٚے وژھِہ وأنجہِ پنٕنی سیٹ۔''





یہ چُھ اَکھ ٹاکارِ پزر زِ پأدأیشی طورِ چھ سأری انسان ہوی
آسان ۔(جیفرسن)



بہٕ چُھس راتس ییٚتہٕ روزُن یژھان ۔'' أکِ ہنا مَل بٔرِتی پلَو لأگتھ نفرن
یَس سوارِ گُرِ ستی تہٕ کُچہٕ اَتھس کنِتھ اوس ووٚن بالٹی مُور (امریکہ) کِس أکِس
مشہور ہوٹل مألکس ۔ ''ژٕ ہیکہٕ کھامیےٚ راتس ییٚتہٕ جاے دِتھ ۔''
ہوٹلہٕ وول رُود أمِس کینٛہہ کالاہ وُچھان پتہٕ ووٚ تُھس نأل پلَون کُن
وُچھتھ ''ماف کرِو، کمرٕ چھ سأری بُک ۔''
گُری سوارن ووٚتس بیٚیہٕ ،مگر ہوٹلہٕ وول ووٚتُھس کوٚ بُتھہٕ ''ژیےٚ ووٚنمے نا
اَکی لٹہٕ زِ ییٚتہٕ چھُنہٕ جاے ۔ ییٚتہٕ چھُنہٕ رَبہٕ ستی لِتھہ کھو کھُر گأمی تمن گامہٕ گرِ یستن

جاے بنان۔"

گُری سوار دژ اوژھوپہٕ گٔرتھ۔ اما امہِ پتےٚ ژاو ہوٹلہٕ وأکی سُنْد اَکھ دوس ہوٹلس منٛزتہٕ لوٚگ ہوٹلہٕ وألِس وَننہِ۔ "ژیےٚ چھَیہِ خبر، یُس یہِ گرٛیسی آیہِ گُری سوار وُنی وُنی بیٚیتہِ دژ اویہِ اوس سُون نأیب صدر مِسٹر جیفٔرسن۔"

یُتےٚ بوزُن زِ أکی مشہور ہوٹلکی مأکلن ژٕھنٛی کُرسی پیٚٹھ گٔنی ووٚٹھ تہٕ کوٚڈُن یہِ شخص بیٚکہِ ہوٹلہٕ منٛزٕ نظرِ۔ سُہ لوٚگ تٔمِس مأفی منگنہِ "جناب مہربأنی کٔرِتھ کٔریوٚم ماف۔ میےٚ گیہِ اَکھ بڈٕ بارٕ غلطی۔ بہٕ کرٕ پننِس ہوٹلس منٛز تُہنٛدِ باپتھ سارِے کھوتہٕ زبر کمرُک بوٚنْدبس۔"

تھامس جیفٔرسن ووٚتھس "نہ بس شُکریہ۔ ریاست ہاے مُتحِدہ امریکہ ہُنٛد نأیب صدر ٹھٔہرِنہٕ تتھ ہوٹلس منٛز یتھ گرٛیسی آیہِ مأکہٕ پکلو لاٚ رٕگتھ لوٚکن روزنس ٹھاکھ چُھ۔"





دُنیاہ چھ ، یُتھ وُچھہِ ہس تیُتھ وُچھی ۔ (لکہٕ محاورٕ)



''ہیّا'' لڑکن دِژ خوف ناک کرٔ یکھ ۔

''ہیا'' اورٕ دیُت کُمی تام اتھ خوفہٕ بُرٕ ژ کرٔ یکہٕ بالہٕ کھوتہٕ منٛزٕ جواب ۔ لڑکہٕ گوو ہکہٕ بکہٕ ۔ پتہٕ کوٚرُن ہنا جُرت تہٕ دِژن امہٕ کھوتہٕ بڑٕ کرٔ یکھ ''ہیو ۔ ژٕ کُسو چھکھ ؟''

''ہیو ۔ ژٕ کُسو چھکھ ؟'' اُتھی ستی گوو یہ سوال اورٕ واپس ۔

''ژٕ چُھکھ رٔ دی لڑکہٕ'' اُمی لاے سخ شرارتہٕ ہنٛز آواز ۔

''ژٕ چُھکھ رٔ دی لڑکہٕ'' اورٕ آوو واپس جواب ۔

تمی دِژ اورٕ یورٕ دُور تام بُٹھو بالو اپورٕ گہلبن ونٛن کُن نظر ۔ اما کانٛہہ تہٕ آسنہٕ بوزنہٕ ۔ یہ

باسیاوأمِس عجیب ۔ سُہ دژ اوتمہِ وَتہِ گرٕ گُن واپس یپأرِ سُہ وَتیٚے ڈۄل۔

یێلہِ واریاہ ژیرٕ گرٕ ووت سُہ اوس ژھێنتھ پیٚومُت ۔ کال کھوٚان وٕنی تمی رٕ دی لڑکہٕ ہنٛز سأرے دلیل پنٕنہ ماجہِ۔

''موجی میےٚ چھُ سُہ لڑکہٕ سخ کھران''

''نسأ۔ گوٚبریاسُہ چھُنہٕ تیُتھ'' سوٕ ژٕھس تسلی دِوان دِوان۔ ژٕ گژھ پگاہ یێیہ تہٕ تس ستی کرمیچھِ میچھِ کتھہٕ پتہٕ وُچھ کیاہ بنہِ ۔ میےٚ چھُ یقین سُہ آسِہ ضرور ژیےٚ ہیٚو جان لڑکہٕ۔''

یێیہ دوہہٕ لوٚگ سُہ اَتھ کوہ کھوٚنہٕ منٛز برٕ وَننہِ ''ژٕ چھکھ رُت لڑکہٕ ژٕ چھکھ میٚون یار۔ میےٚ چھکھ ژٕ سخ ٹوٹھ ۔''

اوٕراوس پرٕتھ کُنہ کتھہِ ہُنٛد تُھکے پوٚت آلویوان۔

اوٕیہِ چھُ پوٚز زِیہ زِندگی چھ سانٛہن کارِکرتوٗتن ہُنٛد پوٚت آلو۔





دَ ے چھُ یَختیار تہٕ دولَت خلقن فأیدٕ واتناونہٕ باپتھ دِوان نہ زِ
پننہٕ ذأتی تہٕ نفسأنی مقصد پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ ۔ (ایم، کے ،گاندھی)



"وٕں آے اِسی یمہٕ ہوٗکھی ژوچہ پھٔلی کھبتھ بَداوِ ۔ سانہٕ باپتھ چھُنا اَتھ
سرکأری خزانس (بیتُ المال) منٛز کینٛہہ تہٕ موجود۔" امیرُ المومنین حضرت ابوبکرسؓ
وُژھ پننہٕ خانہٕ دارِنی ۔

امیرُ المُومنینؓ ؤنُن اوس سرکأری خزانہ (بیتُ المال) اکھ امانت تہٕ یمہٕ أسی
پانس اَمکی رأچھی درتہٕ امانت درمانان ۔ امہِ کِنہ أسی یمہٕ پننہٕ زندگی مُلکہٕ کین عام تہٕ
غریب ترین لُوکن ہندِ کھوتہٕ سبٹھے ساد پأٹھی گُذاران ۔

اَوَ ے وؤننس درجواب "میٛہ چھ پانس تہٕ یہ خبر ۔ اما أسی چھِ غریب ۔ رُود
بیتُ المال یہٕ چھُس تمیُک امانت درنہ زِمأ لِک ۔ اوِ کِنہ پزٕ اَسہِ غریب لُوکن ہندی

ہے غذٕ ہس ہاٗل کرٕنی۔

''میٲنہِ سرتاجہٕ تُہۍ کیاہ چِھو ونان۔ غریب لُوکھ تام چھِ کُنہِ نتہٕ کُنہِ میوٗٹھ زیوٗڈھ تہٕ کھیوان۔''

''محترمہ۔ اَتھ تہٕ چھُ اَکھ سبیل۔ سیٚٹھاہ سہل۔ مگر سُہ چھُ ژےٚ تام۔''

''یاامیرؓ! سو کوسہٕ وَتھ چھِ؟''

''ژٕ کرٕ پرٕتھ دوہہٕ کینٛہہ ہاہ پتھ پٔلہ۔ یُتھ اَسۍ تہٕ کُنہِ دوہہٕ رُت کھین چیٚناہ گرو۔''

تمہٕ بچوو قناعت کٔرِتھ دوہ دُش کہِ وٲظیفہٕ منٛزٕ کینٛژن دوہن کم زیادٕ رقم، تہٕ کوٚرُن اکہِ دوہہٕ جان کھین تیار۔ییلہِ خلیفہٕ وَقتن تناوُل کوٚر تہٕ فرموٗکھ۔ توہہٕ کتہٕ اوٗنُو یہ خرچ؟''

''میےٚ بچوو روزانہٕ وظیفہٕ کھوٚ دوٚیو دِرہمو منٛزٕ اکھ اکھ دِرہم تہٕ تتھی کوٚرُم اَز یٔک سال تیار۔''

''تیٚلہِ چھُ میےٚ باسان سُون روزانہٕ خرچ چلہِ اَزی کہِ پتہٕ اکے دِرہمہٕ ستۍ۔''





رِتی اخلاق چھ مُفت اَستھ تہِ سبٹھاہ موٗللی آسان۔

(سیموئیل سمائیلز)



''میانہِ دوستہٕ ژیےٚ کیاز ژور تھن نہٕ سہ نوجوان پنہٕ نِس دفترس منز کلرک پوسٹہٕ باپتھ یُس میےٚ پٔنٕن سفارشی خط ہتھ سوزو''

ٹالسٹایی سُنٛد دوس ووٗتھ تِمس ہنا گژھاوکرنہٕ پأٹھی۔

ٹالسٹاین دِیُتنس نہٕ وُٹھ گمہِ ناونہٕ ورأے کنٛہہ جواب۔ ''یارِ ژیےٚ گےٚ مخولہٕ! یہِ چھنا پوٚز زِ ژیےٚ کرِتھ میأنی چِٹھی اَکس غارزان نوجوانہٕ سنٛدِ باپتھ رَد۔ غلط نےٚ گژھم میےٚ بوٗزیٚتہِ سہ بڑ وٕنہہ کأم چھ اوسُمت کران، تِمہِ ادارِ چ کانٛہہ سَند یا تجربہٕ چِٹھی رِتہِ چھنہٕ ستہٕ اَسہٕ۔'' ٹالسٹایی ووٗتھس ''دُتھہ چھوپوٚز زونان۔ یُس

نوجوان اَسہِ ژورتَس نِش اوسنہٕ اَکھ سفأرشی وَرُق ہتہٕ ۔ اما تمِس آسہٕ رِتہِن عاداتن ہنٛزٕ تہٕ جان شخصیتٕچ سَندٕ ڈبکس لیکھِتھ ۔"

یہ دوس وۄتھِس حأرأنی سان "میٔ زنہٕ توٚ رنہٕ فِکرِ؟"

"یُو زِو۔ یُونے موٚنگ أمِی ووٚمیدوارن کمرس منٛز اَژنہٕ بزٕ وٕنہہ اجازتھ پتہٕ کوٚرُن بُوٹ ڈور میٹہٕ سٟتؠ صاف ۔ امہِ پتہٕ رُود اَسہِ بزٕ وٕنہہ کِنہ توٚ تام ووٚدِنی یوٚ تام أمِس انٹروِو باپتھ کُرسی پیٹھ بیٖہنہٕ خاطر وَننہٕ آو ۔ پتہٕ دِیُت أمِی سارِنے سوالن ہٕتہٕ پُرژھہٕ گأرِہُند اعتمادٕ سان صاف تہٕ رِتؠ پأٹھی جواب تہٕ اِنٹروِوموکلنہٕ پتہٕ ہیٚوت تمِی نیرنہٕ بزٕ وٕنہہ اجازت ۔ میٔ چُھ باسان سُہ اوس پُزٕی پأٹھی امہِ عوہدُک حقدار ۔"

یہ بُوزِتھ اوسنہٕ أمِی سِنٛدِس دوستس نِش بحث کرنٕک جوازٕ ے ۔





أ کِس عظیم انسانہٕ سٕنز مِثال چھ امبہٕ یا ژۄنٹھ کُلۍ۔ یمہٕ چھ دۄنوٕے
بۄرِتی گژھنس ستہٕ ستی بۄن بۄن نمان۔ (اُپ بھرِنش)



یتیتھ چھُ سر اِسحاق نیوٹن ہِوس انسانہٕ سُند ذِکر کرُن موزوں باسان۔ سُہ اوس نہ صرف انگلستان بلکہٕ کُلِ عالمُک سارِنے سرس سائنس دانو منٛز اَکھ۔ تمۍ سُند کشش ثقل نظریہ (Law of Gravitation) چھُ سائنس کِس مأدانس منٛز اَکھ یادگار کارنامہٕ۔ (Binomial Theorm) نظرِین چھ ریاضی منٛز اَکھ گاشہٕ دأریلہٕ تراوِتھ۔ اِمہ علاوٕ تہٕ چھ اُمۍ ہِندۍ وارِیاہ کارنامہٕ گنٛزرِنۍ تہٕ پھرِنۍ لایق۔ دُنیہن چھُ اِہندِس شکرانس منٛز یہ کتبہٕ لیکھمُت ''قدرت تہٕ قُدرتکۍ قونون اَسۍ سِیاہ رأژ منٛز ژھایہ ہۄل۔ دَیَن وۄن ''دِیو نیوٹنس ییٚنہٕ'' تہٕ سأرِے پھیور

گاش۔

أمی بہلِہ پایہ سائنسدانن وۆن پانس تہٕ پنہٕ ننن تھدٕ بن کارنامن مُتلِق یُتے زِ ''بہٕ چُھس پُنٕ پان سُے شُرزانان یُس وُنِہ سٔدرٕ دٔہس پیٹھ بِہِتھ نِکۍ نِکۍ کنہِ پھٔلۍ سۆنبراوان چُھ۔''





کھوٹمن پوٗنسن ہٕنڈی پأٹھی گرٕھن تیچھ کارٕ تہٕ ترٛ أوِتھ ژٕھلنٕی یُتھنہٕ
یمہٕ چلہٕ وٕنی روزن۔ (شیکسپیر)



دوہا چھُ بنانِ زِ أُکمی تام شخصن پُشرأو أکِس مشہور عألمس اَکھ روپے۔
عألم یێلہِ پتُن گرٕ ووت تٔمی وُچھ زِ روپے أس جعلی۔ تٔمی آنہٕ نوو پتُن اَکھ مُلأزِم ناد دِتھ
تہٕ وۄنُتھس زِ یہ روپے ہِنہ تہٕ ژٕھٹن کُنہ جایہ زمینس منٛز دوٗ برأوِتھ۔
مُلأزِم گو وحأران تہٕ لوٚگُس وَننہِ ’’اما۔ جناب تِکیٛازِ؟ أسی تہٕ والو کأنٛسہِ
بێیِس نَفرس۔ جناب تُہی مہٕ کٔرِو پرواے۔ بہٕ نیرٕ وُنی بازرتہٕ والہٕ کأنٛسہِ وانہٕ وأرِس،
یہ تھأوی تو تُہی میٚے مَٹہ‘‘۔ ’’چون مطلب چھا زِ یہ کھوٚٹ روپے پکنا وَکھ ژٕ تِتھے کَنہٕ
واریاہن دوکھہٕ دِتھ؟‘‘

"اِو جناب بہٕ کرِتی ضرور۔ اٲخراسہِ پُشر آونا کُمی تام۔ اَسی تہٕ دِموبِہ کاٗنسہِ۔ جناب تُہی تھاٲوِدِ بہٕ کاٗم میۍ مَٹہِ میۍ چھہِ پژھ کاٗم اَز تام کھیالہٕ کرہٕ مژ۔"

عاٗلم وۄتھس "نہٕ۔ نہٕ۔ تہٕ بنہٕ نہٕ ہرگز۔ یہِ چھنہٕ چھرا ناکارٕ حرکت بَلکہٕ چھُ گوناہ تہٕ اسہِ پزِ نہٕ کاٗنسہِ ستۍ ناانصاٲفی کرٕنۍ۔ یہِ چھُ بدترین ناانصاٲفی۔ بنان چھُ ژٕ زنہٕ دِکھ کاٗنسہِ ناخانہٕ غریبس، تِمس بچارس کیاہ بنہٕ۔ بنان چھُ زِ تِمی ہِندِس عیالس لگہِ تِمہِ دوہہٕ فاقہٕ۔ لہٰذا اگر ژہ یمی دمہٕ تہٕ یہِ روپے دۄ براوُن کُنہٕ جایہ زمینس تل۔"





ذأتی آزأدی چھ انسأنی ذُمہٕ دامہٕ تہٕ عارضی خوشحألی کھوتہٕ سَرس۔

(ئلوٗ رلئٹن)



''جناب۔ پادشاہ صأب چُھ توہہ سمکھن یژھان۔ پکِو وٗلی وٗلی۔ اَکھتے چَھ میےٚ بگرِ تہٕ سِتی أنِی ہو یُتھ تُہٕ محل خانس منٛز واتہٕ ناوَو۔ جلدی پہن کٔرِو۔ پادشاہ سلامت چھِ پرٛاران'' یہِ ووٗتھ پادشاہ سُند اَکھ خاص مُلأزِم أکِس تھدِ پایہِ شأعرَس۔

شأعرلوٗگس پرٛژھنہِ ''امایہ پادشاہ کُس چُھ۔ تِمس کیاہ چُھ ناو۔ تہٕ میےٚ کیازِ چُھ ژھاران۔''

''سُہ چُھ یژھان توہہ پنُن دربأری مَلِکُ الشّعرا ء بناوُن تِکیازِ یہِ جاے

چھ موجود نفر ہنٛدِ گنڈ رنہٕ کنٕ خأ لی گمٕژ۔ جناب تُہی چھو سٮ۪ٹھاہ خوش قسمت۔"

"پوٚز میٚے چُھنہٕ یہ عوہدٕ بکار۔"

أمی مُلأ زمن کرِیا وکیاہ۔ اما۔ شاعِر رُودُس مُلٕے انکار کران۔

ملأ زمن وۆن یہ سورٕے کینژہہ پادشاہس رژھہ رژِھہ ۔

امہ پتہٕ لوگ پادشاہن بدل اَکھ عالم اَتھ خأ لی جایہ۔

نوٚ و دربأری شاعِر آو اَکہ دوہہٕ ہٕمس شاعِر سُنٛد گرٕ۔ یہ اوس أکِس غریب شخصہٕ سُنٛد گرٕ۔ تِمی وُچھ یہ گرٕکی بانہٕ چھلان۔

"اگر نہٕ ژیٚے دربأری بنٕنس انکار آسہی کوٚرمُت۔ ژیٚے ما گژھی یہ حال۔" یہ وۆتھ نوٚو دربأری (مَلِکُ الشّعراء) سَخ کوٗبتِھہ۔ پتہٕ وۆنُس یمن پلوان ما گژِھہ ہی یہ لیٚتھ۔"

یہ بُوزِتھ وۆنُس بہلِہ پایہ غریب شاعِر "اما میٚون اُس چُھنہٕ چائِ پاٹھی لِتھہٕ ونہٕ آمُت۔ یہ چُھنہٕ پادشہس خوشامد کٔری کٔری خراب گوٚمُت۔"





ییٚلہٕ انسان تیٚشس تہٕ جنونس لاینہٕ یتھ زبو یا قلم یلہٕ چھُ تژ اوان سُہ یَتھ پیٹھ ژکھہِ گووتھ چھُنہٕ کیٚنٛہہ گژھان، اما انسانس چھُ پانس ضرور دِدارٕ واتان۔ (طامس پیٚن)



صدر لِنکن لوٚگ وننہِ ''افسوس۔ یہ چھُ عجیب کتھاہ''

سینیٹر وۄتھ ژکھہِ ہوٚتے ''میٚے چھُ باسان تَس پَزِ یُورُی نادِتھ فِکرِ تارُن۔

بہٕ چھُنہٕ سُہ أزی چہ لٹہِ۔ یہ چھُ حدٕ نبر مَسلہٕ۔''

لِنکن وۄتھُس اَنہٕ چھُنا کران ''پزی پأٹھی گووِیہ حدٕ نبر نیرُن۔ سُہ گژھہِ نہٕ چھرُن۔ سینیٹر بہٕ چھُسے ونان سُہ گژھہ نُونہٕ تیلہٕ والُن۔''

سینیٹر لوٚگ برٕ وَننہِ ''میٚے چھُ ضرور تَس فِکرِ تارُن۔''

لِکن وۆتھس سبٹھاہ سنجید گی سان ''ییٚلہِ ژیےٚ تی چھُی کرُن یمی دمہٕ لیکھُس۔ امابأنہٕ لیکھی زبس۔''

پتہٕ ژیٚچھی سینیٹرن تِمس ہِنٛزِ ژکھہٕ تہٕ نفرت ظأہر کرِتھ ناسہٕ تراسہٕ ژٕھی۔ تَس آو یہ وُچھتھ پُورٕ تسلی۔

سہ لۆگ کیٚنٛژہ ہاہ تنگ ہیٚو یتھ دندٕ وٹلی پانہٕ ہے سٕتی وَننہِ

''میأنی کنٛز رُودُس نہٕ وٕل کینٛہہ پَرٕ۔''

پتہٕ لۆگ سُہ بڑٕ بڑٕ زنتہٕ پانہٕ ہے کُن وَننہِ

''وٕل گس اتھ سوزٕبہٕ تِمس یہ ژٕھی؟''

لِکن ہِنٛزٕ آواز ہش ووتلیایہ ''سوز کھ یہ؟ اِدسوز کھنا۔''

سینیٹرٕ چھُس ونان ''تُہنٛدِ وَننک مطلب چھا زِ۔۔۔''

یہ عظیم انسان وۆتھس ''اِ میٚون مطلب چھُ ژیےٚ پزی نہٕ یہ ژٕھی سوزٕنی۔ مِسٹرٕ ژٕھن یہ ژٕتھ۔ تِکیازِ ژیےٚ کرِتھ ہِنٛزٕ أندرِم سأرے ژکھہٕ تہٕ دِے پُورٕ پأٹھی صاف۔ بَس مُشر اویہ سوٕرے۔ میٚے چھ خبر زِ ژٕ چھُکھنہٕ یتھہٕ ژٕھِ سوزنہِ یژھان۔ یہ تہٕ چھُسنہٕ پانہٕ زانہہ یتھ حرکت کران۔''





کائنِہ انسانہٕ ہنٛز عظمت چھ میننہٕ یوان تِمہٕ ہنٛزِ عملہٕ ہنٛدِ عظمتہٕ ستۍ۔

(نامولوم)



یِہ بچور غریب لۄڑکہٕ اوس سخ تحمصس منٛز زِ وِل کیٔاہ کرِ۔ تِمس اوسنہٕ کالجُک فیس بَرنس سُمب کانٛہہ پۄنساہ ٹوٚنکاہ۔ تِمۍ کرِ یِہ واریاہ کوٗشِش زِ اورِ یورِ ژھانڈ دِتھ کرِ ہے یِہ رقم وصول۔ پۄز کانٛسہٕ أکۍ کوٚرنس نہٕ کانٛہہ اتھہٕ روٗٹ۔ ہنگہٕ منگہٕ ووتلیٚاو أمِس أنٛدری اَکھ خیال۔ تِمۍ لیٖچھ تمہِ وقتہٕ کِس صدر ڈاکٹر رادھا کرِشنن سٕندِ ناوِ یِہ فیس ادا کرنہٕ موکھہٕ اَکھ چِٹھی۔ اِمہِ پتہٕ اوس یِہ جوان طالبِ علم دوہے صدرٕ سٕندِس جوابس پرٛاران۔ دوہ گٔے صدرٕ سٕندِ جوابہٕ ورأے ژٔلی ژٔلی نیران۔

أمِس یُس ووٚنۍ رژھ کھنٛڈ وومید ہش باقٕے أس سوتِہ موکلییہٕ۔ وول

لِنکن وۆتھس سبٹھاہ سنجید گی سان ''یِیلہٕ ژیٚےٚ تی چھُی کرُن یمی دمہٕ لیکھُس ۔ امابأنہٕ بأنہٕ لیکھی زبس۔''

پتہٕ ئیچھی سینیٹرن تِمس پٔنٕنہِ ژکھتہٕ نفرت ظأہر کٔرتھ ناسہٕ ترٛاسہٕ ژٹھی۔ تَس آو یِہ وُچھتھ پُورٕ تسلی۔

سُہ لۆگ کیٛنٛژھاہ تنگ ہیٛو یتھ دندٕ وٹٕلی پانہٕ ہےٚ ستی وَننہِ

''میأنی کَنٛز رُودُس نہٕ وِل کینٛہہ پَرٕ۔''

پتہٕ لۆگ سُہ بٔرٕ بٔرٕ زنتہٕ پانہٕ ہے گُن وَننہِ

''وِل گس اتھ سوزٕ یہ تِمس یہ ژٹھی؟''

لنکن ہٕنٛزٕ آوازہش وۆتلیایہ ''سوز کھ یہ؟ اِد سوز کھنا۔''

سنیٹرٕ چھُس ونان ''تِھنٛدِ وَتنگ مطلب چھازٕ۔۔۔۔''

یہ عظیم انسان وۆتھُس ''اِ میون مطلب چھُ ژیٚےٚ پزٕی نہٕ یہ ژٹھی سوزٕنی ۔ مسٹرٕ ژھن یہ ژٔٹھ ۔ تِکیازِ ژیٚےٚ کٔرتھ پٔنٕنہِ أندرِم سأرٕےژکھتہٕ دِےپُورٕ پأٹھی صاف۔ بَس مُشراو یہ سوزٕ ہے۔ میٚےٚ چھُ خبر زِ ژھکھنہٕ یِتھہٕ ژٹھِ سوزنہِ یژھان۔ یہ تہٕ چھُسنہٕ پانہٕ زانہہ یِتھ حرکت کران۔''





کأتِسہِ انسانہٕ سنٛز عظمت چھ میٖنہٕ یوان تٔمۍ سنٛزِ عملہٕ ہنٛدِ عظمتہٕ ستۍ۔

(نامولوم)



یِہ بچور غریب لڑکہٕ اوس سخ تحمصس منٛز زِ وِل کیٛاہ کرِ۔ تٔمِس اوسنہٕ کالجُک فیس برنس سُمب کانٛہہ پُوٚنساہ ٹوٚنکاہ۔ تٔمۍ کرِیہ واریاہ کوٗشِش زِ اوٚرِ یورِ ژھانٛڈ دِتھ کرِ ہے یِہ رقم وصول۔ پوٚز کأتِسہِ أکی کوٚرنس نہٕ کانٛہہ اتھہٕ روٗٹ۔ ہنگہٕ منگہٕ ووتلیٛاو أمِس أنٛدری اَکھ خیالاہ۔ تٔمۍ لیچھ تمہِ وقتہٕ کِس صدر ڈاکٹر رادھا کرشنن سنٛدِ ناوِ یِہ فیس ادا کرنہٕ موکھہٕ اَکھ چِٹھۍ۔ اِمہِ پتہٕ اوس یِہ جوان طالبِ علم دوہے صدرٕ سنٛدِس جوابس پرٛاران۔ دوہ گے صدرٕ سنٛدِ جوابہٕ ورأے ؤلۍ ؤلۍ نیران۔

أمِس یُس ووٚنۍ رژھ کھنٛڈ وومید ہُش باقے أس سو تِہ موکلیٖیہ۔ وول

اوس نہٕ اُمِس تعلیم ترٛ اونہٕ ورأے بیٚیہ کانٛہہ چارٕ ۔یہ گووسٕخ دِل ملول گژھتھ پرنسپلس نِش۔

طالبِ علم لوٗگ وَننہِ "جناب! مےٚ ہر بأنی کٔرتھ ژٕ تو کالج رِکاڈٕ منٛزٕ مےٚیون ناو۔"

پرنسپل ووٗتھس سٕخ ہیوٗ لاہ گژھتھ "اما۔ کیاز ِ؟"

"تہٕ کیازِ بہٕ ہکہٕ نہٕ پٔنٛن فیس بٔرِتھ۔"

طالبِ علمن ووٗنُس پٔنٛن ناو تہٕ کلاس۔

"گوٚبرا! پریشان مہٕ گژھ۔ چوٗن فیس چھُ پوٗرٕ ادا گوٚمُت ۔ژٕ ہیکِکھ پٔنٛنۍ تعلیم جأری تھأوِتھ۔"

طالبِ علم گوو حأران ۔ پرنسپلن ترٛاو اُمِس نظر اَہ تہٕ ووٗتھس اسہٕ وِنہ ہوٚنٛجہ۔

"چون فیس چُھ پانہٕ سأنۍ صدرن ادا کوٚرمُت۔"





کُنہ ساتہٕ مقصد حاصِل کرنس منز ناکامی سپدنہٕ کس بنہٕ ہس پتھ
گژھہ نہٕ سُہ مقصد اتھہٕ ترٛاوُن۔



یہٕ اوس پننہٕ وقتُک تھوٚد عالِم ماننہٕ یِوان۔ اکہٕ دوہہٕ پیٚو أمِس أکس
تیشِل نوجوان عالِمس سٟتؠ واسطہٕ۔ یُس أمِس کتھ تام مَسلس پیٹھ بُتھہ لوٚگ۔ بحثہٕ
باپتھ آو أکس وسیع مأدانس منز پنڈال کھڑا کرنہٕ۔ ییٚتہ علاقہٕ کیو طرفاتو پیٹھہٕ عالِم
تہٕ مبلّغ بیترِ آٮ۪تؠ أسی۔
مذہبی بحث گو ویمن دۄن درمیان شروٗع۔ یہٕ عالِم اوس پنُن نظریہ سبٹھاہ
دَل دِتھ تہٕ سَنہٕ سان منطقی تہٕ عِلمی دلأیل دِتھ پیش کران۔ نوجوان اوس وأنسہِ
لوٚکُٹ أسِتھ تہٕ جان پایہ عالِم۔ تمہ کرِ یہ بڑس عالِمہٕ سٕندی منطق تہٕ نظریہ رِد کرنچ سخ

اوس نہٕ أمِس تعلیم ترٛ اونہٕ ورأے بێیہ کانْہہ چارٕ ۔ یہ گووسنٛ دِل ملول گژھتھ پرنسپلس نِش ۔

طالبِ علم لۄگ وَننہِ ''جناب! مہہ بأنی گرِتھ ژٕ ٹو کالج رِکاڈٕ منٛز میٚون ناو۔''

پرنسپل وۄتھس سنٛ ہیوٗلٲہ گژھتھ ''اما۔ کیاز ِ؟''

''تہٕ کیازِ یہ ہکہٕ نہٕ پنٕن فیس برِتھ۔''

طالبِ علمن وۄنُس پنٕن ناوتہٕ کلاس۔

''گۄ برا! پریشان مہٕ گژھ۔ چُون فیس چھُ پوٗرٕ ادا گۄمُت ۔ ژٕ ہکھ پنٕنۍ تعلیم جأری تھأوِتھ۔

طالبِ علم گوو حأران ۔ پرنسپلن ترٛ أو أمِس نظر أہ تہٕ وۄتھس اسہٕ وِنہ ہۄنٛجہ۔

''چون فیس چھُ پانہٕ سأنۍ صدرن ادا کۄرمُت ۔''





کُنہ ساتہٕ مقصد حاصِل کرنس منز ناکامی سپدنہٕ کس ہنہٕ ہس پتھ
گژھہ نہٕ سہ مقصد اتھہٕ تراوُن۔



یہِ اوس پننہِ وقتُک تھوٚد عالِم ماننہٕ یوان۔ اکہِ دوہہٕ پیوٚ واٲمس اَکس تیشل نوجوان عالِمس ستی واسطہٕ۔ یُس اٲمس کتھ تام مسلس پتھ بُتھہ لوٚگ۔ بحثہٕ باپتھ آو اَکس وسیع مادانس منز پنڈال کھڑا کرنہٕ۔ یتہِ علاقہٕ کیو طرفاتو پیٹھہٕ عالِم تہٕ مبلّغ بیترِ آمتی آسی۔

مذہبی بحث گو ییمن دوٚن درمیان شروٗع۔ یہِ عالِم اوس پنُن نظریہ سبٹھاہ دَل دِتھ تہٕ سنرِ سان منطقی تہٕ علمی دلائیل دِتھ پیش کران۔ نوجوان اوس واٲنسہ لوٚکُٹ اَستھ تہٕ جان پایہ عالِم۔ تمی کریہ بڑس عالمہٕ سندی منطق تہٕ نظریہ رِد کرنچ سخ

کوشش امااَتہٕ چلیوس نہٕ کینْہہ۔ اَکھاَکھ ژیٖہہ اوس گژھان، یہِ اوس مقابلہٕ ہاران تہٕ اٲخرس پیٚوس بوٚٹھ کھسُن۔

اٲتھی منزٕ آو اٲمس کیاہ تام خیال تہٕ لٲجن اٲمس بڑیٚن عاٲلمس اوٕر یورڈالنہٕ تہٕ تمہٕ دلاٲیل مُشراونہٕ موکھہٕ زورٕ سان بتھس تھوکہِ یمن پیٹھ تمی سِندِ بخچ بُنیاد دِٲرتھ اٲس۔

تھدِ پایہٕ عاٲلم لوٗگ پننہٕ شالہٕ ستی یہ تھوکھ وتھراوان اٲمس سبٹھاہ سکونہٕ تہٕ صبرٕ سان وَننہٕ "ٹھیک چھُ خیال گوو اوٕر یورہیٚو۔ وٕن یمو اٲسی بیٚیہ اصل نوکتس گن۔" خجل تہٕ پشیمان گژھتھ تہٕ ہمتھ ہاٲرِتھ پیٚو ویہ نوجوان اٲمس عاٲلمس یہ ونان ونان پرٕن "حضرت! توٛہہ زیٚوٗنوتہٕ میٚے ہور۔"





## پوٚت نظر

بہٕ وُچھنہٕ پَتھ گُن ووں نیراِتہ کیاہ

ہبکابہٕ راتگ وِں اِکھ ِتہ ژھُہہ بیٚیہ دُبارٕ أنتھ

اگر پٔن وَق میٚے راتھ تامتھ چُھ ضایہ کوٚ رمُت

میٚے کأنسِہ ٹأٹھس رفیق یارس اگرزٕ لُگم بُتھ

بہٕ تمہٕ لفظ یاوطیرٕ نُہناوِ کیتھہٕ یمَوتَس چُھ دِل ۂنڈُ رمُت

اماأز ژٕک دوہ بہٕ شولہٕ ناون

یوُک وَرُق، داغ تمہٕ سٔری ہیتھ پھرن بہٕ پَتھ گُن

تہٕ بیٚا کھاَ کھشوٚد سفید کاکُد رَٹن اَتھس منٛز

لبَگھس رُتے رُت

بہٕ منگہٕ خدالیس یہ میٔون کاکُد بہٕداغ رُوزِن

میےٚ یتھ نہٕ افسوس ہیٚیہ پگاہ زانہہ نصیبہٕ آسہِم

خدائے بُوزِن وِں پرٛتھ پگاہ میٔون بہٕداغ اُسِن

یہ ذات میٲنی وِں رٟزِ باپتھ بکاری تن

بہٕداغ پأٹھۍ





اصل توبہٕ کرُن گوٚو پانس منٛز رٕژر پأدٕ کرُن۔ (ہوسی بالوو)



تمہ دوہہ أسی تمی دُشمن ہنٛدین علاقن منٛز سیٚدِ سیٚو دنشانن پیٹھ پننہٕ سُپر فایٹر بمبار جہازٕ پیٹھہٕ بےشُمار بم چھکےٚمتی۔ تمی ترأو أکِس ژِہس بوٚن گُن نظر۔

تمی ہنٛزٕ بمبأری ہتی اوس نہٕ تتہٕ دشمن ہنٛدِس علاقس منٛز موتہٕ تہٕ بربأدی ورأے بیٚیہ کینٛہہ نظرِ گژھان خطرناک درندگی تہٕ بس۔ یہ اوس انسأنیتس تہٕ خدایس خلاف ناقأبلِ مأفی جُرم۔ تِمس پھیر وأنٛج دُبہٕ تہٕ ہٕتس زنہٕ لوٚگس گنٛڈ۔ تِمس آے اوٚش ہٕکہٕ۔ تِمس رُوزنہٕ یہ سوٚنچنس سُمب تو ژھ زِ ازتام کٔژاہ بربأدی آسہٕ تمی ہنٛدِ اتھہٕ سپٕزٕمٕژ۔

تمی اسنہٕ از گوڈنچہِ لٹہِ دُشمنس پیٹھ گولہٕ بأری کٔرمٕژ۔ بلکہِ سُہ اوس امہٕ قسمکی

ہوائی حملہٕ کرنٕک اکھ کامیاب جہاز چلاون وول ۔ سُہ ۔۔۔ کیپٹن چیشیر اوس دوٚیمس عالمی جنگس منز ہوائی فوجہٕ کِہن نوہن رنگروٹن تربیت دِنہٕ وول ووستاد تہٕ ۔ اماٚ تمۍ ہِنٛدِ قابلیتُک بوڈ مقصد اوس بس انسانی تباہی ۔ امہِ دوہہٕ کِس اَتھ انسانی ووتھہٕ وارس پیٹھ رُودُس اند ہیتھ سوٚنچان ۔ پتہٕ گوو سُہ سیٚو دُے پننہِ افسرن نِش تہٕ دِیُتن اِستیفہٕ ۔ وِں اوس یہ برباد ہُنٛد مِشن (Mission) جاری تھاوُن تمۍ ہِنٛدِ باپتھ محال ۔

امہِ پتہٕ ژُھن اَمۍ پنُن کُلہم جاداد کِنتھ تہٕ کوٚرن جنگس دوران یتیم گمتین شُرہن ہِنٛدِ باپتھ اکھ یتیم خانہٕ قایم ۔ یہ خیال ووت دُور دُور تام تہٕ کینہہ نے وٕرین منز آے دُنیہس منز جایہ جایہ یتیمن ہِنٛدِ باپتھ چیشیر ہوم '(یتیم خانہٕ) کھولنہٕ ۔





کامیأبی چھ مستقل مزاژ لُو کنے ہُنْد حِصہٕ آسان۔ (نیپولین)



مادام کیوٗ ری اوس پئنس خاندارس پیری کیوٗ ری ستیٚ رٔلتھ پولونیم تہٕ ریڈِیم بدِ کوٚڈمُت ۔ یہ اوس سائینس کِس دُنیہس منٛز سَرِ وِے کھوتہٕ تھدبو دریافتو منٛز اکھ یَتھ انسانہٕ ہِنٛدِ حقہٕ واریاہ رنٛگہٕ فأیدٕ واتہٕ ناون وول تھوٚ دمول اوس۔ یمن دوشوٕنی بأژن مادام تہٕ مسٹر کیوٗ ری آو سائینس خأطرٕ یکہٕ وٹہٕ نوبل پرٛایز دِنہٕ۔
۱۹۰۶ ہس منٛز اکہ دوہہٕ گرِ نکھے سڑکہ تران آو سہ أکس گاڑِ تل تہٕ گنذریاو۔
یہ اوس سائینس باپتھ سبٹھاہ سخ دَکہٕ اَمہ خوشحال گرِ باپتھ کیُتھ غأیلہٕ اوس تہٕ ہیکہ نہٕ انسان سوٗنٛچِتھ تہٕ ۔ مادام کیوٗ ری اوس زندگی ہُند تہٕ کارُک ستیٚ بوج

رووُمت۔

فرٛانسکی حکومتن کٔر مادام کیوٗری اکِہ جان پنٛشنٛچ پیشکش۔ یوسہٕ رٹنس مادام کیوٗری یہِ وٕنتھ نیزی سان انکار کوٚر زِ ''بہٕ چھس وُنہٕ تیٚژ اہ جوان زِ بہٕ ہیکہٕ سبٹھاہ کٲم کٔرتھ تہٕ پنٕنس دون کوربن پلالہٕ کٔرتھ۔''

تہٕ تمہٕ دِژ واریاہ رٕژ کٲم انجام۔ تمہٕ نیوٗ رٛیڈیو اکٹوٹی (Radio Activity) ہیٚو ہُنر مندانہٕ تہٕ مولُل کارنامہٕ انجام دِنہٕ باپتھ ۱۹۱۱ہٕ مَنٛز نوبل پرٛایز۔ اہنٛزِ کوٗرِ ایٚرین کیوٗری تام نیوٗ پنٕنس خاندارس سٟتؠ رٔلِتھ سائینس باپتھ مأژس ماجہ ہٕنٛدی پأٹھی نوبل پرٛایز۔

یہ چھ پٔنُن یٔزت رٔچھنٕچ تہٕ مُستقل مزأجی ہنٛزٕ اکھ مِثال۔





وطن چُھ تتہِ کمن سارِنے روزن والین ہُنٛد مُشترکہ سلیہ آسان۔

(سِسرو)



یہ اوس دوٚیم عالمی جنگ

جرمن فوجہٕ کس نِڈر فاتحانہٕ بڑوٚنہہ پکنس آو روسی سُرخ فوجہٕ چہ شکلہِ منٛز اکھ خوفناک دُشمن بُتھہ۔ جرمن فوجس پیوٚ وگوڈنچہِ لٹہِ ٹھہرن۔ گوڈنچہِ لٹہِ ہیوٚت مغرور جرنیلو پننہ فوجکی خوفہٕ برٕتی رپورٹ بوٗزتھ پریشان گژھُن۔

پوٚز جنگ رُود دوشوٕے پاسو جاری۔ جوان سپاہ آسی پرٕتھ طرفہٕ یسلہٕ کترٕ بتہٕ چھو کہ دأوی تہٕ گرفتار گژھان۔

دوشوٕے اَنٛدٕو آے بے شمار فوجی قیدی بناونہٕ۔ تہٕ قآدین ہنٛدِ باپتھ آے

واریاہ تعداس منز دوشوٕے طرفو کمپ قایٔم کرنہٕ۔

جرمنی ہنٛدی یمہٕ کمپ اَسی تِمن خلاف لڑن والین ہنٛدِ باپتھ خوفہٕ تہٕ دہشت چہ جایہ۔ تِمن اوس سخ ظلم تہٕ جبر کرنہٕ یوان۔ اَتہ مُودی واریاہ قدٕی ناکارٕ غذاہ کھینہٕ تہٕ فاقہٕ کشی سِتۍ۔

اِکہ دوہہٕ سُوز جرمنی ہنٛدی اَمر ہِٹلرن، رُوسہٕ کِس ڈکٹیٹر جوزِف سٹالِنس لیکھتھ یہ پأغام زِ ''میٲنۍ سٕپد جرمنی ہنٛدٕ بن کینٛژن سپہن بدل چُون نچُو یلہٕ تراونہٕ سبٹھاہ خُشی۔''

سِٹالِنن لیوکھنس درجواب

''نہٕ۔ تہٕ ہنہ نہٕ۔ عظیم سُرخ فوجکۍ (رُوسی) سِپاہ چھ رُوسکۍ اولاد۔ یُزر چھُ یہٕ زِ سأنۍ سأری سِپاہ چھ میأنۍ نچوی۔ بہٕ چھُنہٕ یژھان زِ میٲنۍ اَکھ نچُو یِیہ یلہٕ تراونہٕ تہٕ تِمی ہنٛدی بأے ہوژن اجتماعی قأدی کمپن منز۔





## ژھٔر مٔٹ چھ بڑٕ بڑٕ وَزان۔ کہاوت



فرانسہٕ کہ دوٚیمہ جمہوریکہ لیٔون شہرٕکۍ لُوکھ آسۍ تتہٕ کمن حاۓ کمن سخ ستیچہ آنان۔

اُمُر آو جرنیل کیسالین یمن وولیامہٕ تمن باغی ین دَباونہٕ یا پتھ تورسوزنہٕ۔ اَتہ اوس اکھ ناوِد یمۍ جرنیلس زیاد ے کلہٕ دود تلمُت اوس۔ یہ ناوِد اوس اکی ہے اکی ہے نش پنٕنۍ بہودری تہٕ جُورتھ تھکہٕ ناوان۔

واریاہ لٹہ اوس تمۍ کیسالینس مُتلق پننہٕ دِیہ ہُنٛد اِظہار کوٚر مُت۔

''میےٚ گرٕھ کُنہ لٹہ موقہٕ یُن بہٕ ژِھنن یہ رذیلہٕ جرنیل گاٗلتھ۔ میےٚ چھُنہٕ یہ قطن ہٹہ وسان۔''

نأوِد اوس یہِ سوٗرے تمہٕ آیہٕ تھبکان زَنتہٕ اوس ذہنہٕ دوہہٕ پیٹھٕ اکھ بأغی رُودمُت۔

جرنیل ییٚلہٕ یہِ بُوزی بُوزی تنگ آو۔ سُہٕ گووا کہِ دوہہٕ سیٚو دُرے أمِ ءسنٛدِس وانس منٛز گُنِے زوٗنن أزِتھ تہٕ دوٗ پنس میٚنہٕ کرتہٕ شیو۔

نأیدس گووأمِس کُن وُچھتھ پھرٕٹہٕ دَم تہٕ لوٗگُس سبٹھا لوٗت پأٹھی شیو کرِنہٕ اما أتھس اوسُس تھرتھرٕ۔ جرنیلن دِتی أمِس شیوٕ کی پأنسہٕ تہٕ پتہٕ دوٗتھس تھدِ ہٕٹہٕ۔

"مِسٹر! ژیٚنہٕ دِژامَے میٚنہٕ موقہٕ زِ ژٕ گالکھ میٚنہٕ وُنی وُنی۔ اما ژیٚنہٕ ژٕ ووٗتھ میٚنہٕ ہوٗٹ ژٕٹنگ یہِ موقہٕ أتھہٕ منٛزٕ۔"

نأوِدلوٗگُس قسم ہأوی ہأوی وَنِنہٕ "ہا جناب ۔۔۔"

"بوز ییٚلہٕ نہٕ ژیٚنہٕ پٔنٕز دھمکی پوٗرٕ کرِنس سُمب توٗژ ھچھے لہٰذا گو وچانہٕ باپتھ یی جان زِأزی کہِ پتہٕ تھأوی زِیٚنن چوٗنٹھ بند۔" جرنیلن وُنُنس ییٚتہٕ تہٕ دڑ او پأنس۔





دوکھ تہٕ سوکھ چھ گٹہٕ تہٕ گاشکی پأٹھی اکھأ بٔکس پتے آسان۔



لُقمان یُس تمہِ وِزِ اکھ غولام اوس سُہ گوو دَوان دَوان سبزی منڈی منز
تازٕ پہن پونٛحتہٕ ہنٛد وبنٛد اَنِنہ ۔ سُہ آو وُ ژِھہ وُژِھہ واپس تہٕ دِتن یمہٕ آغس۔
یتھے تُمی ہنٛدٕ وبنٛدٕ منزٕ اکھ رَژھاأ سس تژٕ اوتہٕ سُہ وولیأو "ہتا۔ یہ ہے چُھ سَخ
ٹیوٗٹھ۔"

لُقمان وۄتھس رسہٕ بٔسرِ گُوِھتھ "آغہٕ صأب، میٛے دِیِو مأفی۔"

"کھیٛنۍ یہ سورُے پانس۔" آغہٕ لوٚگُس وَنِنہ۔

اِمہِ پتہٕ کھیوٚ لُقمانن ٹیوٗٹھ ہنٛدٕ وبنٛد تِتھہٕ پأٹھی زنہٕ اوس یہ مانٛچھ ہیوٚ موٚدُر۔
أمی ہِنٛدِس مأ لِکس گوو کیٛژھاہا دوکھِ تہٕ کیٛژھاہا گوو ہیوٚ لٲ ھِتہٕ۔

"ہتا لُقمانہٕ ژٕ ، کتھہٕ ہیٚو کُتھ یہِ کھبتھ ۔ ژیٚے ، کتھہٕ پاٹھِ وۄتھے یہِ زہر اَلماس ہیٚو ہھنٛد وبنٛد ہٕتھہٕ ۔ میٚے ہاچھ ہترٕ ووتھان ۔"

لُقمان وۄتھُس "آغہٕ صاب اتھ منٛز کیاہ چھُ حارأنی لایق ۔ میٚے سوٗنٛچ میوٗن آغہٕ چھُ میٚے ہر ہمیشہِ میٹھہِ کھوتہٕ میوٗٹھ چیز کھیاوان ۔ وۄں ہر گاہ تمۍ اکہِ لٹہِ اکھ ٹیٚوٹھ چیز آہ بتہ کھیٚوٗوُس میٚے پزٛیا یہِ کھنبس انکار کرُن ۔ میٚے پزٕ امیک ٹٕھہر تہٕ مزٕ سان ژٕہُن ۔"

آغن گرکینٛہہ کالاہ ژھوپہٕ ۔ تمۍ سوٗنٛچ "یہ کوتاہ تھوٚد خیال چھُ ۔ یہِ گو وخدایہِ سُنٛد ذٕے گوٗھن تہٕ ژکھہٕ گوٗھن ۔ سُہ چھُ اسہِ شُمارٕ روٗستے رنٛگہٕ رنٛگہٕ نیامژٕ دِوان ۔ وۄں ہر گاہ سُہ اسہِ کنہ لٹہِ دوکھ دودتہٕ تژ اوِ اسۍ چھِ روشان تہٕ تس نافرمان بنان ۔ لہٰذا پزٕن اسہِ تمۍ سٕندی سوٗزی متی مصیبتہِ اسان اسان قبول کرٕنی ۔"

آغن کوٗر خوش ڈیکہٕ روزِتھ لُقمان آزادیُس پتہٕ اکھ تھدِ پایہِ خدا دوس بنٛیاو۔





واہ کیُتھ زبرٕچھُ یہ باسان یہ چھُنایارٕ سُنٛد اتھہٕ

(لانگ فیلو)

---------------------- •• ----------------------

"یہ ژُمی کوٗر۔ بہٕ چھُسوپڑژھان یہ اٗنہٕ ژُمی پھُٹرِ وو۔"

ماسٹر جیین دِژ ژُنی کرٕ یکھ۔

جماٗژ منزٕ کوٗرنہٕ اٗکی تہٕ ہُرٕ گر۔ ماسٹرن ژُراٗکے ووگر "یہ اٗژُر ژُمی کوٗر۔ میٚے

وٕنوجل۔ نتہٕ۔۔۔۔"

جماٗژ ہُنٛد اکھ نبشہٕ بوٚ دلُڑکاہ 'بیک' گووتھوٚ دوٕتھتھ تہٕ کوٚرُن یہ اٗژُر قبول۔

ماسٹرن تُج لُورتہٕ لوٚینس بےٚ وایہ۔ سأری ہے جماٗژ ووٗتھ لرزٕ تہٕ تمہٕ گےٚ رٕہتھ۔

یمن منز اوس دنبکو لاس نہٕ تہٕ یُس اصل مُجرِم اوس تہٕ یہ اوس بیک سُنٛد لنگوٹ یار۔

"ہتا لُقمانہٕ ژٕ ،کتھٕ ہیٚو گُکھ یہِ کھبتھ ۔ ژیٚے ،کتھٕ پأٹھۍ وۄنۍتھے یہِ زہرِ اَلماس ہیٚو ہۄنڈ وبنڈ ۂٹہٕ ۔میٚے ہاچھ ءترٕ ووتھان ۔"

لُقمان وۄنۍتھس "آغہٕ صأب اتھ منز کیاہ چھ حأرأنی لایق ۔میٚے سُونچ میوٚن آغہٕ چُھ میٚے ہر ہمیشہِ میٹھہِ کھوتہٕ میوٚٹھ چیز کھیاوان ۔ وون ہرگاہ تمۍ اکہِ لٹہِ اکھ ٹیٚوٹھ چیز آہ بتہٕ کھیٚوٚوس میٚے پزِ نیا یہِ کھبنس انکار کرُن ۔میٚے پزِ امیک ٹٚچھر تہٕ مزٕ سان ژٕہُن ۔"

آغن گٔر کینہہ کالاہ ژھوپہٕ ۔تمۍ سُونچ "یہِ کوتاہ تھوٚد خیال چھ ۔یہِ گوو خدایہ سُنٛد ذٕے گوٚھن تہٕ ژکھہِ گوٚھن ۔سُہ چُھ اسہِ شُمارٕ روٚستُے رنگہٕ رنگہٕ نیامژٕ دِوان ۔ وِن ہرگاہ سُہ اسہِ کُنہِ لٹہِ دوکھ دودِ تہٕ تزاوِ اسۍ چھ روشان تہٕ تس نافرمان بنان ۔لہٰذا پزٕن اسہِ تمۍ سٕندی سُوزی مٕتی مصیبتہِ اسان اسان قبول کرٕنی ۔"

آغن کوٚر خوش ڈٕبکہٕ روزِتھ لُقمان آزادٕیُس پتہٕ اکھ تھدِ پایہ خدا دوس بنٛیاو ۔





واہ کیُتھ زبرٕ چُھ یہ باسان یہ چُھنایارٕ سُنٛد اتھہٕ

(لانگ فیلو)

-------------------- •• --------------------

''یہ ئمی کوٚر۔بہٕ چُھسو پڑ ژھان یہ أنہٕ ئمی پُھٹروو۔''

ماسٹر جیین دِژ ٹُنی کرٛ یکھ۔

جمأژ منزٕ کوٚ رنہٕ أ کِ تہٕ ہسر ٕگر۔ماسٹرن ئُراکے ووگر''یہ اَتُر ئمی کوٚر۔میٚے وٕزِ نو جل۔نتہٕ۔۔۔۔''

جمأژ ہُنٛد اکھ نبشہٕ بوٚ دلڑکاہ 'بیک' گووتھوٚ دٕتھتھ تہٕ کوٚ رُن یہ اَتُر قبول۔

ماسٹرن تُج لُو رتہٕ لوٚپنٛس بےٚ وایہ۔سأری ہے جمأژ ووٚتھ لرزِتہٕ تمہٕ گے رٕہتھ۔

یمن منزٕ اوس ینٛکولاس ئہِ تہٕ یُس اصل مُجرِم اوس تہٕ یہ اوس بیک سُنٛد لنگوٹ یار۔

سۆ لوگ ہکی لگی لگی بیک ہندس پھیکس پتھ وَدنہ تہٕ پتہٕ کوٚ رُن وعدٕ زِ سۆ سنٛبالہِ آینٛدٕ پنٛن پان۔ نکولاسن کوٚ رپٹوی پاٹھی وعدٕ پوٗرٕ تہٕ بنیاوا کھ معزز جج تہٕ وزیرِاعظم آلیوٚر کرٛاموبل سُنٛد بروسہٕ وول دوس۔ امابیک اوس پادشاہ سُنٛد اکھ سبٹھاہ معتبر طرفدار۔

لِہ پتہٕ کہے کالہ بدلیہٕ برطانیہ ہس منٛز حالات تہٕ خانہٕ جنگی منٛز لیج پادشاہ ہٕنٛدہن وفادارن شکس۔ وِں رلیٚ دوشوٚ ے دوس ژتجہہٕ ؤہری ہیٚنہ دُبارٕ عجیب حالاتن منٛز تہٕ نکولاسن بوٗل کرٛاموبل حکومتہٕ کس ججہ ہنٛدٕ حیثیتہٕ دیکس پادشاہ سُنٛد وفادار روزنہٕ کنٛز موتک سزٛاہ۔ امانٛن فاصلہٕ بوزناوی تھے گو وسہ اتہٕ پتھہٕ سبٹھاہ دوٗر لنٛدن ژلان تہٕ لاران۔ تہٕ اوٗنُن پنٛن دوس کرٛاموبل آتہٕ واتہٕ تہٕ ببک موکلاوِنوٗ ون پھاسہٕ ہنٛدِ سزٛاہ نِشہ۔ بیٚلہ سۆ 'بیکس' مُچھہ گوھنٛک آڈر ہیتھ سمکھہ۔ تمو دوشوٚ یو کوٚر اکھ اَکس گرم جوشی سان نالہٕ موٚت تہٕ پتہٕ رُودی واریاہ ہس کالس اَتھس منٛز اتھہٕ رٹتھ خشی ہُنٛد تہٕ محبتک اظہار کران۔



# قاضی منظور پبلی کیشنز کی دیگر مطبوعات

## تحقیقی

ا۔ قاضی حمید
(حیات تہٕ شأعری)

۲۔ عرفانِ احمد
(حیات تہٕ شأعری غلام احمد شاہ کاٹھسو پہلگام)

۳۔ انوارِ احمد
(کلامِ احمد شاہ کاٹھسو پہلگام)

## شاعری

اردو

ا۔ خیاباں (اردو مجموعۂ شعر)

۲۔ زادِ راہ (مجموعۂ نعت۔ اردو کشمیری)

۳۔ دشتِ شب (اردو مجموعۂ شعر)

کشمیری

ا۔ لبہلاو (کشمیری مجموعۂ شعر)

۲۔ شفق (کشمیری مجموعۂ شعر)

۳۔ وأری دات (مجموعۂ شعر)

## تراجِم

ا۔ احساسہٕ مول
(ترجمہ ارزش احساسات از نیما۔ یوشیج)

۲۔ اکھ خاب اکھ تصویر
ترجمہ: ایک اور دروپدی (ہندی) از نیما یوشیج

۳۔ مَشال
(ترجمہ: اِن کمیونین وِد کانشس نیس
In communion with consciousness

## تعلیمی تصانیف

ا۔ کانٹے اور پھول
(اردو برائے ایس۔ آر۔ سی کشمیر یونیورسٹی)

۲۔ دیئے سے دیا جلے
(اردو برائے ایس۔ آر۔ سی کشمیر یونیورسٹی)

Design by : *Qazi Ashiq*

Farhan Printers Sopore
# 9906859424

# قاضی منظور پبلی کیشنز کی دیگر مطبوعات

## تحقیقی

۱۔قاضی حمید

(حیات تہٕ شأعری)

۲۔عرفانِ احمد

(حیات تہٕ شأعری غلام احمد شاہ کاٹھسو پہلگام)

۳۔انوارِ احمد

(کلامِ احمد شاہ کاٹھسو پہلگام)

## شاعری

اردو

۱۔ خیاباں (اردو مجموعۂ شعر)

۲۔ زادِ راہ (مجموعۂ نعت۔اردو کشمیری)

۳۔ دشتِ شب (اردو مجموعۂ شعر)

کشمیری

۱۔ لبھلاو (کشمیری مجموعۂ شعر)

۲۔ شفق (کشمیری مجموعۂ شعر)

۳۔ وأری دات (مجموعۂ شعر)

## تراجِم

۱۔احساسہٕ مول

(ترجمہ ارزش احساسات از نیما۔یوشیج)

۲۔اکھ خاب اکھ تصویر

ترجمہ: ایک اور دروپدی (ہندی) از نیما یوشیج

۳۔مَشال

(ترجمہ: اِن کمیونین وِد کانشس نس)

In communion with consciousness

## تعلیمی تصانیف

۱۔ کانٹے اور پھول

(اردو برائے ایس۔آر۔سی کشمیر یونیورسٹی)

۲۔ دیئے سے دیا جلے

(اردو برائے ایس۔آر۔سی کشمیر یونیورسٹی)

Design by : *Qazi Ashiq*

Farhan Printers Sopore
# 9906859424